# ترتیب

## غزل

# اِنتساب

تِمن سارِنٕے کأشرِ زنانن ہِندِ ناوٕ

یِمَو ہِنٛز وونہٕ باوُن یوٚژھ مگر لفظہٕ سَمیکھ نہٕ۔




۔۔۔۔۔ تہٕ اَرِینہٕ مالہِ ہُند آسُن نہٕ آسُن یوٚدوَے داوَس ہیٚو لوٚگمُت باسان چھُ ، اما پوٚز تہِ آسِتھ تہِ چھُنہٕ مےٚ ہرگز بہٕہان زِ کأشِر زنانہِ چھنہٕ پَنَنہٕ مخصوٗص نِسوأنی صوٗرتِ حالُک اکھ یا بیاکھ پاس وُنی زاونہٕ تہٕ باوَنہٕ موکھ پیٚنہِ ماجہِ زیٚوٚ ورتاوِتھ زأنی یا اَدأنی پأٹھۍ اکھ یا بیاکھ شارٕ صوٗرتھ گرٕمٕژ تھٕرٕمٕژ ۔ توأریخ وُنی تَن کیٚہہٕ تہِ مےٚ چھُ پَنُن دِل گوأہی دِوان زِ حالاتَن ہُند ٹیٚچھر ژٕہان ژٕہاں تہٕ سمأجی کیٚو ثقافتی نا انصأفی زٕرواں زٕرواں تہِ آسَن میانہِ کم یا زیادٕ ہم جنسوَ پرٕتھ دورَس منز کیٚہہ نےٚ تہٕ لوکچأری گنٕدٕ باشہِ ، یا ونی چمہٕ خَم ، مالِنہٕ جُباب تہٕ وأروی وأری داتھ سیدِ سیوٚد یا ورگہٕ پأٹھۍ گنگرأوی مٕتۍ تہٕ لفظأوی مٕتۍ۔

لَلَ ونان :

یٚیلہِ چھُم یاوُن ژٕہ تَس پٕہوان
تیٚلہِ چھُم یِوان دیوانگی

ہرگاہ نہٕ اَسی زمانَن پرٕتھ دورس منز کأشرِ زنانہٕ ہندِ لوٚ پیٚتھ ہوٚلوٚ ژٕپتہِ وُترٕوٚ تہٕ دیٚواہ گیوَ نِشہٕ محروم تھأوی مٕتۍ آسہَو ، سأنی زبان کتہٕ آسہےٚ تہٕ سأنی شأعری کیاہ آسہےٚ تہِ تِگہِ سارِنےٚ بوزُن۔

کأشرِ زنانہٕ ہنٛز زندگی رۆز صٔدیَن اَکھ ترٛدٕ پرٕژھ کوٚٹھ، یتھ منٛز اِسبند دزان تہٕ دہ سمان رۆد۔ دٔہرٕستی وۄتھ اَچھن تَشرٕ تہٕ آشہِ پھیرِ تہٕ شرٛیچ دامانس بوتی۔ کٕنہٕ کٕنہٕ گیہٕ نیٚبرٕ کنہٕ تہٕ کأشہِ کنٛن ٹٕھراے... تہٕ بس۔

دٕرِ دٕس کتاب تمأنی تون اَتھی بند کوٚٹھرٕ ڈرِیچہٕ مُشراوان مُٹراوان یٔنُن اۄند پۄکھ بدٕ کٔڈنٛچ تہٕ یٔنُن وۄنہٕ باوٕنٛچ اکھ یِڑٕہے تٕژھے کوٗشش۔ میون تٔوٕینہٕ سفر تہٕ کم زأنی چھےٚ عیاں، مگر کیٛاہ تأجب زِ تمہٕ باوۄجود ژٕینہٕ کانہہ یِرن وول میأنس لفظٕ ورتاوَس منٛز خاصہٕ پأٹھٕ میأنی ہمکال لِسوأنی حِساگہی! تہٕ ہرگاہ تہٕ سپُد، بۄزِو مےٚ دٔریوو دل تہٕ مےٚ کوٚڈ دۄیُم قدم۔

کأشرِ زبأنی ہنٛدین بڈین قلمکارن، یَنٛنن مُشفق وۄستادن ہمدرد اُشناوَن تہٕ مہربان زأنی کارن ہنٛز چھُم لادَن زِ تِہنٛز آہی تہٕ اَتھ رۆٹ رۆدُم شأمِلِ حال۔

نسیم شفائی

۱۷ر جوٗن ۱۹۹۹ء



## اَلف

یِہ اٰسؠ اَکھ پاتچھاہ باے
یِہاٰے اٰس پرِتھ دوہہ شامَن
بَرمُژراٰوِتھ پیاراں پٮ۪ننؠن
لوکٹؠن لوکٹؠن شہزادَن

کینژھاہ مَند چھِتھ کینژھاہ ترٛہِرتھ
ہمساٰے باےَن اٰسؠ پرٛژھان
توہہ تہِ چھِواُنہ شُرؠ اَزنیرے
میانؠن گرٛہ چھُنہٕ یاد پیوان

زانہِ خوداکتھ کٔن گٔے نیرِتھ
بتہٕ پھٔلی چھکنا بانٛن شیٖرِتھ

## ب

اٚمی ہے کمٕ تاں کیاہ تاں وۅنٛ اَدٕ
دارِ تہٕ بَر ترٛوٚپراٰوِتھ بیٖٹھ
اوٚپوٚز روتہٕلِ گرِ بِکھ ژٔھٹ سوٚدرَن
ہمسایوَ بوٗز باکھا زیٖٹھ

"مَتہٕ مٕرِ تو وُنہٕ چھوٚنا واَلنہِ کَم"
"مَتہٕ مٕرِ توَ وُنہٕ چھوٚنا ماَنزِ نَم"



جوٗن ۔ ۱۹۹۲ء

# ژھوٚپۍ آلو

یێلہٕ یێلہٕ یتھ وآناکھ وَلنَس منٛز
اَتہٕ گٔیہ راژَن وآنج کوٚرِتھ
چھوکہٕ لَد سیٖمنٛز کاڈکٕڈتھ وٗژھ
شہٕ کھَسہٕ وَسہٕ ہُند زہرِ بوٚرُت گرِز

اُندرٕی اُندرٕی رَژھ رَژھ تیز بویس
خندہٕ کرہٕ وُن ہیوٚ دوٚہنٛز "ڈیٚپزِبھ"

یێتہٕ یورےَ زانہہ ماٰتھ پھِر بکہٕ وٗنۍ
تَم کمتامتھ دارِن ٹھَس دِن
"اَلنفسی" کرِ یرِبتھ کانہہ اَلگے
بتہٕ تھوٚ جگرُک اَڈ ٹھرِ پانَس

ٹُلی ٹلی کیاہ کرِ لَل وونی لاسَ
تس کھیوٚو دِگہِ دِگہِ مازگرِ بدٕو
بیہِ تہِ کلوپترا لٲگتھ ریتھ
مریم[۴] تھٕر دارس کیٛت عیسیٰ[۴]
واہی پیہِ کرِتھ ژھو پیہِ کٕنیتھ ہیوٚ انہٕ گوٚٹ
شاید پھِرہٕ سیٛمنہٕ شوٚنچ

میانین خابَن ہندِ تأبیرا
یوٚد یہِ شُتھیومُت ماجت سمکھی
ہرگاہ یم ژھوٚپِ آلوَ بوزکھ
ژیٚیے تہِ لاری وآراگ منٛکھ

اکتوبر ۔ ۱۹۹۰ء



# اعتراف

مَژَر کَرِیوتھ سبٹھاہ خَبَر چھَم
دِلَس بجوِیوے مگر وۄنُتھ ما
مےٚ زَنہٕ وُچھیی نَہ بُوزۍ بَس
مَشَن سوٚدُر چوم تہٕ مُشرأوِم
اَمارٕ زٕچھمٕژ ، خُمار ژٕھٹہٕ وِنۍ
سو لوکچارٕچ شُرِل تہٕ مُسی تی

مےٚ اوس پَکُن برونہہ پٔچھس تہٕ وأژٕس
نۆوِس شہارَس نۆوِن ٹکَن مَنز
خَبَر ژےٚ گَژھ جایہٕ تھکھ دِژوِیوتھ
تہٕ ناد لٲیِتھ وَنیوتھ کیاہ کیاہ
مےٚ آسہٕ فُرصتھ نظر دِلَس سوٚنب
وُچھتھ بہٕ دَیہٕ ہا- تلاژےٚ گوٚوے کیاہ

وَہَے سو مینہِ مرٗ نوٚوُے زٔنم ہیتھ
بنیٚ یہِ سیٚمنٛز وِلقارٕ واجٔنی
وِشال سوٚدرُک سٔنہِر وٕھہُس منٛز
ہیتھ اَس پھیران، تھکان زمانَس
"وُچھو مےٚ، بےٚ ہس، بےٚ تہٕ بےٚ چھُس
یہِ کاینات چھےٚ نٔمیُووٕ مےٚ سٔجدس"

زِوُلاہ گیم، بٔرٛہم لوٚگُم تہٕ راوُس
بہٕ نیٚندرِ کوٚت کوٚت یہِ واتناوُس
ژُھتھ اوس سیکیٚلاہ سِیاہ دٔزٕ وُن
پٔتہٕ آسی گٔمتام فرٲری لاران
نظرٕ تجیٚیم وُنٕل گٔنٛگیٚ یم
قدم تجیٚیم رٕسیم سیکِہ پیٹھ

اَتہٕ اور روٗدُم نہٕ پےٚ زِ کیاہ گوٚو
فقط بٔرُس اَکھ صدا لوٚتی گوٚو
نہٕ اَس سو مینہِ مرٗ نہٕ روٗز سیٚمنٛز
نہٕ چھُم پَچھانے نہٕ کانہہ مےٚ زانِم
وون ازٕ وُچھُم یتھ پھُٹِتھ زٕوُس چھُم
مےٚ ہانٛکلن منٛز زنگار لوٚگمُت





# اکھ خط وأتھ

لوکچارِچ وٚنِس خط چوٚن پوٚرُم
گٔژِ رأژَن یادَو زوٗل کوٚرُم
شُرِ پانچہِ کہَتھ بیٚلہِ یاد بیٚنیمَ
یُٚژکاأٔلی وُٹھَن کمُجار پھوٚلُم

یٚیمہِ شہرِچ کوسہِ کہَتھ باوَے
یٚیتہِ کیاأٔی بَدلے لوٗکھ بسانَ
سوکھ موکھ چھےٚ فرشتن ٹارِن تَلَ
اکھ زہر بُرزِ زِچ بچھےٚ پرتھانَ

ژٚیٚ خط لیوٗکھُتھ وولہِ جان کوٚرُتھ
ہَتھ کالچہِ کلہِ بٚیٚیہِ زیر دِژِتھ
ہکہِ لأیِتھ کٔنہ ہَتھ آہ گُٹھِس
چھونی پوٚت وَتہِ گوو، ژُھٹ کیاہ تامَتھ

وانجہ لگی ژرکی، لبہ رتہ چھک کھوت
نقشو لوب ژو، لوتہ لوتہ دوہہم
ووتھ نیکھ ووتھ ژاو یہ شہرچ کل
وولہ تھتھ ننس گامس پھیرو

تم یارِ گتبرِ بیٹیہ ناگنہ بٹھی
تم ازتہ تھتھے کنہ پیاراں چھی
ژیٹے مایہ برتی وچھ وہرآوتھ
ووتھ رژھ کھنجہ ژھن یہ کفن دارتھ

گوڈ تنبہ لیس آکہ لٹہ گرژھہا
یتہ ژہریس وچھتن کانژھاہ
شہرکی موکل اچھ مژراوتن
یتھ ہانکلہ زورہ صدا گژھتن

لوکچارچ ویسی خط چون پوٚرم
یتہ میانہ جوابہ دِس ژنے لگی
ییتہ یورنے یتہ زانہہ خط سوژکھ
یتہ یاد ییہم یتہ یاد پیمے

مئی ۔ ۱۹۹۲ء



# اۄنٛدرۄٹ

پۄت دِگرٕک اوس تاپھ تہٕ اَژُون ہَرُد وُشُن

اَوٕ یِہ چھےٚ راتٕچ کَتھ زِ بَہٕ آسہٕ

ڈُرِیاوٕ طرفٕچ یِیٚتھ زُنہٕ ڈَبہٕ پیٚٹھ

وَسہٕ وِنہٕ ویٚتھہِ تَتھ اوٚیرِس گوٚبرِس

نیٖلِس نَبَس تہٕ بیٚنِیہِ رَنٛگہٕ ناوَن

اُچھوٕے اُچھوٕے موج تُلان

ڈٲلہٕ وُن دوٚہ اوس تھوٚکمُت تھوٚکمُت

سوٚکھٕ بوٚل، سوٚکھٕ بوٚل موٚسم میوٚٹھ

ہُمہِ بَتھٕ ہُتہِ لِنَس ترُٚشہِ پھُٲلِی اَنٕی اَنٕی

ناراہ زالِتھ بُتھ وۄشہِ لاوِتھ

شُرٕی آسی نُرٛٹٕی ترُٚٹٕی ژرِپوٚپ وایان

سوٚرٕے اۄنٛد پۄک اوس وِسان

سُے وَکھ، سُے موٗسم تہٕ تیتھٕے ہیوٗ
شام، ہرُد بیٚیہ تاپھ چھُ خوشہٕ وٗن
ووٚن گوٚو نہٕ چھُ اَز کُنہِ شرُی چرُی گیُٛش
نہٕ چھِٕے رَنگہٕ ناوِ نہٕ ویٚتھِ سُہ قرار
نہٕ چھُ بونِہن پیٚٹھ کاوِ ییٚنہِ وولے
نہٕ چھُ میٚے نظرَن منز کانہہ شوق

ہُمہِ بَتھِ ہَنگہٕ مَنگہٕ نار ہیوٚتُن بُس
پرأنِس لَرِ گَنٕزرِس گوٚو سوٚر
زانہِ خوٚدا کیُٛتھ واو سُہ ڈوٚل اَدِ
اَڈٕ ڈٕدی کاکد کتھی اَسمان
میٚے تھی، میٚے برونہہ کنہِ گوٚو سورُے
نہٕ چھُ کریکہٕ ناد نہٕ لُکہٕ اَرِساتھ

مَتھ گوم بےٚ زٕھہٹ باکھ دَپِھ اَز
ژُٹی ٹوٗ زٕھوپہ ہُند پَرٕدِ یہ ژُٹی ٹوٗ
شرُی نے ڈٕپی ٹوٗ اَندرٕوٚٹ ترأوِتھ
ژٕرِ پوٚپ وأیتھ خوشیاہ کرِہَن
کوچہِ گَلِہن پیٚٹھ تھٕدِ تھٕدِ گوٚمہَن
"بُجہِ یٚے، بجہِ یٚے، لرِہمے ڈٕزٕیے"
ستمبر، ۱۹۹۷ء



# مےٚ توٚ گٕنہٕ زانُن

مےٚ توٚ گٕنہٕ زانُن
مےٚ توٚ گٕنہٕ زانُن
لَفظٕ گرٕنی چھِم
گرِتھ بَرٕنی چھِم
ہَیٹُک مِتھتھ رَتھ
رٕنگِتھ اَنِنہٕ چھِم
تہٕ پوش لاگِتھ
تِمَن وٕنہٕ چھِم
مےٚ توٚ گٕنہٕ زانُن

یہِ نال رَٹِہ کانہہ
تہٕ ہوٚٹ چھُہ دارُن
سوال پرٕژھِہ کانہہ
جواب چھُنہٕ دیُن

خیال وُوتھِہ کانہہ
أندرٕی چھُہ ژاپُن
مےٚ توٚ گٕنہٕ زانُن

نَٹِین تمَن اوس
عجیب آباہ
دۄدُیکھ پچیٚہ داماہ
یۄہے چھُ امرِتھ
مےٚ ما وَنِم کانٛہہ
ژےٚ تیوٗل ہۄٹ چھُے
مےٚ تۄگیٚہ زانُن

اَسُن رَوا چھا؟
وَدُن مَنع چھا؟
جُرُم کرِیو وا؟
سزا تہِ واتیا؟
یِیٚکھِتھ ڈٔکس یِم
تھوَن مےٚ کرَ کیاہ؟
مےٚ تۄگیٚہ زانُن

دۄدُیکھ ژٔ چھَکھ شُر
سَبق پَرُن چھُے
قلم چھُ نیران
زَبان ژٔٹی تھے

یہ زبوٗ ژٹھ کیاہ
بَنِم تہٕ گُدرِم
مےٚ توٗگِنہٕ زانُن
مےٚ توٗگِنہٕ زانُن

جولائیٔ - ۱۹۹۸ء



## سَمے (ترےٚ شار)

وٕہی سَمیہٕ ژےٚ لوگُتھ کوتاہ سَنگ
نظرے یاژا، دِل چھےٚ تَنگ
روز ہَناہ ییٚنہٕ بَرٕ مُژرٕکھ
وُچھکھ ییٚلہِ بانٛبرِ وُچھکھ
مےٚ چھُ وُنہِ گَندنےٚ دارِ دَجَن
وُنہِ چھُم رٕو خصَتھ ہیٚنَے وٕسن

جوٗن - ۱۹۹۱ء



# أھی

صُبحُک موکھ پھوٚل چانی پَرتوٕ
شامُک سوکھ لوٚب چانی برآنٛژ
چانٛہن نظرَن منٛز وُچھ میانٛہو
پرٛانٛہو خابَو نوٚو تأبیر

چانی زبٕنہٕ لوٚب میٛنہِ نوٚو زاٛیُن
ہَردِس پھیوٚرُم تازٕ بہَار
ژٔنٛے پھولی وُتھٕ کُمہٕ چارس کوسَم
میٛنہِ روٚٹ مَسولہِ ہُند اہَار

سانگلہٕ، ڈانبَلہٕ کَتھ پیٛٹھ چھُکھ
روٗشتھ تراوان وَتہِ پیٛٹھ پان
چون یہِ تَنبہٕ لُن وُچھتھٕ مےٚ ہاچھے
ہَنگہٕ مَنگہٕ وآنٛج دُبہٕ پھیران

میانین راژَن ہندِ کنہٕ شمہَا
چاَنی دۄرے چھُم چاَنی دۄرے
ییلِہ تہٕ مےٚ اَتھ تُلی آہی باپتھ
مےٚ ہا پھُٹ اَندری تیر دوٚپُم

بہٕ منگا چاَنِس شُری پانَس کرِتھ
یاوَنہٕ شہرَچ دَزوِنی وَتھ
واہی ژےٚ چھُے اَتھ موصُم پانَس
کیاہ کیاہ وُچھُن، سرُن بیترُن

یہِ چھےٚ مجبوری، دُنی یا داَری
وون گوو ییلِہ ژےٚ چھُم کانہہ ٹیوٹھگوٚل
میانہِ مزارُک اَکھ اَکھ میٚیشرِ پھوٚل
رَتھ وَدِ، وَچھ ژَٹہِ کرِ فرئیاد

# مُلاقات

مےٚ ماوارٕ وُچھمکھ نَظر وٕڑھ زمینَس
کَنَو بوٗزٕ آواز یٔژ کاآلٕ چاآنۍ اَز
یوٚ ہے کُھٹھ، یِمے باآژ، دوہ اوس یُتھے ہیوٗ
یێتی ترٛاوِ وقتَن لوٚتی موہرٕ لاٮ۪ن

یێتی زندگی ہُند دُووٚت آو برونہہ کُن
نوٚن سَرحدن کُن نۆوی کاروان پٔکی
نوٚن قاآفلَن باگہِ سَردار نۆوی آے
نَہ دِژ پوٚت نظر زانہہ نہ باسیو وٲسی تھکی

تہٕ یٖتر کالی وۅنی اَسی ییتی بیٚیہِ سمکھی از
سَمے پھیوٗر یَتھ کُن یہِ کتھ زَن چھےٚ راتھ
مےٚ کَن تھوٚو کتھَن پوٚز ژےٚ زھایو دیتُے بَژم
مےٚ زانیوو ژےٚ چھکھ ژےٚ گوٚو بژوتھ بدلے

چلَن دُنیہک یی سمان ژور زُنی یوٚد
وۅتھاں کتھ زمانٕچ لگاں پھیرٕ چھُ وانٔشن
تہٕ آسو سَتےٚ متھ وُچھو پرٛوو کُمٕ کیاہ
بہٕ آسہٕ دِواں مُنز سوالَس جواباہ

تہٕ پتہٕ یٖلہٕ ژٕ نیرتھ مےٚ حسِ بھیوٗر والِس
ہیٚژم سام پَتمن دوہن ہینٛز تہٕ ژٕلیوُم
ژےٚ آسے پتھس پیٹھ سیاہ سمیہِ سخنی
تہٕ مےٚ تہٕ اَمس نظرَن اَندر دردٕ زردی

اکتوبر - ۱۹۸۹ء



# مٔتِ سُند دُعا

ییٚلہِ ییٚلہِ زانہہ ماجہِ شُربوٕ بچُھ وَچھ
یاتبرَ زخم لوٚگ بوٕنہِ تہٕ ہوٚچھ
ییٚلہِ ہوٚشہِ مندورٕن ہندی وآرِث
ریٚہہ رَقصاہ کرٕی کرٕی تھٕکی اَدِ شوٚنگی
اَکھ پرٕانی قبرَ دِتھ شانٛد تھٕکِتھ
اَکی مٔتی تھوٚو کاکد، تمِہ لیٚکھِتھ

ییٚمہِ دارِ کِنِتھ کُنِتھ واو یہِ ڈوٚل
رَتہٕ دآوی چھےٚ کُھلیہِ بُرٕژ پرِتھ لُنٛڈ
کمَہِ جادِ نیٚندرٕ بیٚتِیہِ یُہٕر دَرَن
دوہنی ژھایہِ چھےٚ قآبِض اَستانَن

دَیہٕ ترٛشہ پرٛزگرٛ، رُت ساتھ بُنِن
بنٛیہٕ یاد پیٛئِن اَسہِ ذاتھ پٔنٕنۍ
راتھَی پاٹھی گچھہِ کٕھٹِھن اَندر
نچھہِ ناوِس مَنہٕ وِنہٕ پیپر زِہن
کٕہٕڑ کال گٔٹن ہُند سینہٕ ژٕٹِھ
اَسہٕ وُن، اَسہٕ وُن اَفتابہٕ کھٕسِن

سادَن تہٕ رٛیشَن ہِنز لُسیٕ تیہٕ منز
دِل پٔنٕنی اَسہِ اَستان بُنِن
بُڈٕ پیپر بُنتھ بکین یٔتٕگی
اَچھ مُژرِن تہٕ کراماتھ کرِن

اگست، ۱۹۹۶ء



# نَظَر

نظر جَنگلُک ہَرنہٕ حاۘران حاۘران
نظر سونہٕ چھوٚلمُت شرٛہہُل تیوٗل اَسمان
نظر سَتھ سَمندر وٕہِن سَنزَن منز
نظر دُدوَنَ منز شُہُل یاد پاوان

نَظَر میلہِ نَظَرن تہٕ کیاہ کیاہ چھُ سپدان
نظر، نظرنہٕ منز پچھےٚ پاۘغام سوزان
گہے نیاے نوٚوران گہے اَنتزاوان
نظر واۘلنہِ ہُنٛد فاۘصلا بوزناوان

نَظَر شامہٕ پٔتہٕ دِل کران مٔنزی پریشان
نظر گَتھ کران برٛانٛدٕ پاوِن تہٕ شولان
وَلو اَچھ تہٕ کَمَ پرٛاۘنی تصویر ہاوان
نَظر دردٕکین سَرحدن وٕنی چھےٚ دِیاوان

نظر کینہ آ سبس تہٖ شہرگ چھےٚ پڑاٹان
نظر سینہٖ یوتا ، جگر تانی چھےٚ کترٛان
یہ عاشق تہٖ ماشوق دوشوٚے چھےٚ پانَے
نظر تولہٖ والبن چھےٚ تہدار آسان

نظر بے قرارن قراراہ چھےٚ باسان
نظر ہردِ کاکس براں پوشہِ دامان
یہ رنبہٖ وُن فزیاہ تہٖ سنہٖ وُن عذاباہ
نظر زال وہران تہٖ داوس تہٖ لاگان

نظر وادِ کانہہ یاد لوٚت پاٹھی پاوان
نظر وآنسہِ کھون دارٕ دِتھ بیار ناوان
نہ کڑبند قلایو نہ گنڈٕ ہانکلو زانہہ
نظر چھےٚ فقیرن تہِ شاہانہٖ آسان

جنوری - ۱۹۹۸ء



# دُووٚت

نامُمکن چھُنہٕ مُشکِل چھُ سیٹھاہ
نامُمکن چھُنہٕ مُشکِل چھُ سیٹھاہ

زُنہٕ راَژَن ہور نِصف شب تان
دِلداَرَن ہُند ڈٕل ڈُندی پھیرُن
سُلہِ صُبحاَے چھٕتٕ کوترَ وُچھتھے
نیلِس اَسمانَس دورٕ کرُن
نامُمکن چھُنہٕ مُشکِل چھُ سیٹھاہ

مَتہِ ماگہٕ بٔنِبس منز کانگرٕ ہیتھ
اَدٕ نظرِ وُلِتھ شِشنہٕ تھوٚسر والنہٕ
رِبتہٕ کاَنِس شامَن بوٚنبن پیٹھ
تَتھ کاوٕ بٔنِنہِ واَلِس شوقٕ وُچھُن
نامُمکن چھُنہٕ مُشکِل چھُ سیٹھاہ

نتہٕ گامچہٕ وَتہٕ پیٹھ لوٚت پاٹھن
کاوٕ کاکُن اَکھ ژھیوٚٹ ٹنگ تراوُن
یا وٕ شلیمِس اَکھ تریہٕ کٕجاہ
وُچھتھے سُہ شرِن ہُند پان مَنتھُن
ناممکِن چھُنہٕ مُشکِل چھُ سٹھاہ

بتہٕ دَجہٕ منز چاے سماوارَن
ہیتھ مائَس بادام وارِ گرٕژھن
یا ماہ صِیامَس آنگن منز
رَسہٕ رَسہٕ کورِن ہُند روٗف تیزن
ناممکِن چھُنہٕ مُشکِل چھُ سٹھاہ

بُتھِ نظرِ تہٕ سوتہٕ ووٕنی وُنزِ ولتھ
پوٚت آو راوٕری کتہٕ تامتھ
پوز وُنہٕ چھُ دوٚوت اَکھ ژھایہٕ ہِلِس
یِیتہٕ بیٹھ کُستاں آلو چھُ دِوان
ناممکِن چھُنہٕ مُشکِل چھُ سٹھاہ

۱۹۹۸ء



# طَلاق

کاکَد پَرچاہ ووتُس تتھَ کیاہ
اوس لیکھِتھ ولیمہٕ اٚس
دَم پھُٹ اٚس گرٛھاں مٔنزٕ پانَے
مٔنزٕ اٚس پانَے باواں دود

کیٚنہہ چھِس بوزاں حال تہٕ کیٚنہہ چھِس
بۄزِتھ پوٚت پوٚت لٔسٕہ ژٹان
اَندکُن رۄزِتھ مٔنّے تہٕ بۄزُس پوٚز
اٚندری دوٚیُم دَپِس وولہٕ بوز

"خط" دیُت نیَہ اَدِ ییٚہ پچھتاوَکھ
ییٚہ ییٚمہِ راوَن گَہ منٛز راوَکھ
ییٚہ کاشہٕ بوزی ییٚہ اوٚش ترٛاوَکھ
زندٕ چھکھ زندگیہِ ییٚہ تَھپھ ترٛاوَکھ

کھَنڈٕ خانہٕ ماجِن، پرُٕیَن کیٚتھ
شہزادِن آمُت لاَرِنس کوس
پرٛانِن وقتَن ہٕندی اَفسانہٕ تہٕ
اَزکِ زمانچہِ کتھٕ پَر، زان

ناوَن دِرٛایکھ ناو وَتَن پیٚٹھ
بُڈی رَہ کھُتِکھ تہٕ گیہِ بَدنام
نوٗزِکھ آسِتھ دِل تہِ کریوکھ
اَتھِ آیوکھ موتُن جام

بوزٕ ژٕ ییٚہ زانہہ اوٚش وونی ہارَکھ
بوزٕ ژٕ ییٚہ زانہہ مانکھ ہار

اگست ۱۹۹۸ء

# تیٖلہٕ اوس سبز

تیٖلہٕ آسۍ وَنان .. .. .. ..

سٕنۍ زٕژۆر چھہٕ روتلہٕ تیٖل مُتھِتھ

سَن دِنہٕ نیٖران

تیٖلہٕ آسۍ وَنان .. .. .. ..

پریتھ گرٕس چھُ موکل راَچھ کران

ژھیوٚٹ شرٕوٕژ وُچھان

تیٖلہٕ آسۍ وَنان .. .. .. ..

بوٗنِن چھہٕ گوڈٕن تَل پاسکھ دَر

بیٚیہٕ جن روزان

بہٕ آسس کھوژان تتھ ژٕوٕرَن ہِندِس روتلہٕ

کُنہٕ وِزِ تالوَ پرآٹِھ گرٕ اَژِلس

بہٕ آسس کھوژان تتھ شامَن باگین کُنہٕ ژٕنۍ اَتہٕ گرٕڈہٕ

ہیمہٕ تہٕ بَیہٕ ہیر بوٗن وَسہٕ نس

بہٕ آسس کھوژان تتھ دارِ نیٚبری مٕژ راَژِ گھے

تمہٕ فکرٕ نہٕ تروٗتہٕ کریکہٕ گرٕتہٕ ھنس

بہٕ آسس کھوژان تتھ گرٛیشمَس منز
باران پیٚنس۔
بہٕ آسس کھوژان تتھ ہنگہٕ منگہٕ کِس
سہلاب ییٚنَس
بہٕ آسس کھوژان تتھ داہہٕ کھلَن منز
رٕے گرٛشھنَس
بہٕ آسس کھوژان تتھ بوکچارَس
بوچھہٕ ہوٚت مرٕنَس

تیٚلہِ آسہٕ خبر تتھ گرٛیشمَس، سٕہلابَس تہٕ تمَن
داں ڈورِبن منز
لہٕ مونجہِ گومُت خپہٕ ٹرٛی یاوُن ژھٹہٕ باکھ تہٕ پرٛژھہِ
"ہے کاہنہٕ وُنی تو"
"رتم موصوٗم خوف، سُہ کھوژُن بیٚیہِ تمِ پاسکھ در
توہہِ ماچھِہ کُنہِ از نظرِ گرٛشھان"

دسمبر۔ ۱۹۹۸ء



# کَتھ تہٕ حقیقتھ

تَمہٕ گوو وَقتاہ اَسی اٗسی شُری شُری
پرٲنۍ ڈٲلاہ اَکھ بوزان
اَکہِ وَقتہٕ اٗس اَکھ ہی مالاہ
نٲگِراَیس ستۍ سپنِس زان
راَیَس مانٛتھر اٗسہٕ نظرن
ہیَہِ اوس یاوُن ژھٕہٕ ماران
رَژھِ کھَنجہِ لوٚب روزاٗیہِ اَماپوٚز
شوق دِلُک چھا خدٕ روزان
خاب وَنو کَتھ کیاہ چھےٚ حقیقتھ
اوسہٕ تِمن کیٚنہہ یاد پیوان

ہیٚہ وٚن دۄہ اکِہ دالوٚ وۄلہٕ وُچھ
آنگن منز چھےٚ پٔڑی یہٕ نرشان

"پوش ماہیٚیہٕ وآے"۔ پوش ماہیٚیہٕ وآے"
پوشیٚنہٕ آیسٕ پوش ہُنان
بُتھ آسہٕ خوشۄہٕ اسہٕ ؤنہٕ اسہٕ ؤنہٕ
چیشمن آسکھ ژاننگو دُزان

پکہٕ ؤنہٕ ٹکہٕ ؤنہٕ یاوٚن واوجہٕ
چھٹہٕ پوپنیری ہشہٕ آسہٕ نژان
ہیٚہ مُش پننی بآے تہٕ بندبس
تیمہٕ نے تیمہٕ نے آس کرٚان

مایہٕ وٚجکھ بڑمرآوکھ تِتھ کُنی
قدمن آسس پان وٚندان
رٔسہٕ رٔسہٕ وآجکھ ناوِ تہٕ لوٚت لوٚت
اٚندی اٚندی آسس زال وُلان

"ذاتھ پرژھس بُتراتھ پچھانس
ناگٕ مدُن نے چھُنہٕ انسان"
اٚزکہِ زمانچ "ہی" ما اٚنہٕ ہے
دۄہ کرنبڈ رائس کرِتہٕ پچھان
ہتی وسوا سن وآنج کوٚرِس
لوکن تھی آس بٔلی سو اسان

لوسَ شک چھُ زہَر زَن تیلان
أندرُیم ستریٚہہ چھا زاہہ سوران
پَنہٕ داواہ ہێتھ اَکِہ دوٚہہ درایہ تہٕ
کھُرٕ دُسٕ گنڈتہِ سیوٚدُے استان
اَسماہکی یاتاہکی عاشق
أسہِ تمنَ دُعاۓ خاٗر کران
ہوسٕ مندن أَس دوٚرٕے رۄزان
دیوانَ أسٕ حالٕ وَنان
سَحر پھُٹرُنکھ مأنتھِر ژٹنکھ
تسَ پیٚیہِ کمَ تام دالیَ جان

جنوری۔ ۱۹۹۸ء



## اکھ شار

یَتھ منز نالچِہ مالِہ ژھێنبس
تأتھی لرِ کُھٹہِ کُھٹہِ پھیرا راتھ؟



وُنہِ آسی پرٛآنی کینٛہہ چھوکھ بلہٕ تے
وُنہِ آسِم تکہٕ یدی رٕتہٕ داآوی
مُشرُن اوس پوٚزُے پوٚز کوتاہ
وُنہِ آسی دامانَس کُنٛڈی لآری
شُری لآزی کانٛہہ کرٕنہٕ زِ وٕنٛہآو
خَندہٕ کرَنک گوو شوق تِمَس
وآنسَن پوٚکمُت تھوٚکمُت، جوٗگیاہ
میانٛنوِ کوچوٚ پوٚک ٹھہٕریوو

تِمۍ دیُت دارِ ینیٚری لوتہِ آلوٚ
دوٚپنَم یِم چھوکھ ہاوَکھنا
دوہلہٕ یِم دامانٛچی کُنٛڈی ژارے
أندرِم دَگ لوٚژہٕ راوَکھنا

رِتم ژہٕری، تِمہٕ گرِ، رِتم دوہ کُنہِ وِزِ
یِن تہٕ مُتھِتھ یِن دَپِنَم سوٗنٛچ
یِنہٕ دامانَس کانٛہہ کوٚنڈ لاری
نوِ وَتہِ نوٗی چھوکھ لگہٕ نَے ژین

جوٗن ۱۹۹۸ء



# لاچاری

ییلہِ ژار کرٕ تارِ پچ تیتھ لوٗزن
دوٗن ماجہِ کشیرِ پیٚہ دردٕ وٕژن

ذاتَن بخشنے ژیٚنے علمدآری
نُندٕ لالہِ لگٕیو پآری یے
چانہِ چھس شرمندٕ چھُم لاچآری
مُندٕ لالہِ لگٕیو پآرکی یے

کرٕ یٔژھ کورِن ہندِ نُندٕ ہستانا
دیدٕ ماجن ووڈِپہٕ وے روو
جَندٕ جامَن ہنز کرٕتہٕ سایہِ دآری
نُندٕ لالہِ لگٕیو پآری یے

ماجہِ ییلہِ ہاوے نے گرٕ دآری
شرُی ہتھٕ آیی کوٗرنے سوال
پانٕہ نو داین کرٕنے یآری
نُندٕ لالہِ لگٕیو پآری یے

شامہ دیدِ وُنی تَو گرٛژھ ہا تپاری
نُندیٚ سٕنز اَنہٕ ہا شیٚنچھ خبراہ
نَتہٕ پھیرِ صُدرٕ موج کوچہٕ بازاری
نُندہٕ لالہٕ نَگہٕ یو پارٕی یے

ریٚش خانہٕ وادٕکی ریٚش آے ساری
ووڈٕنیٚ، نَہٕ وارٕی باکہٕ ژھٹان
خانہٕ ماٲبس ڈکھِ روزن ساری
نُندہٕ لالہٕ نَگہٕ یو پارٕی یے

سالار دینہٕ ہا پوشہٕ گَندیا
لَلہٕ سگہٕ نوٗکھ دوٕدِ گلہٕ سِتہٕ
ژارٕ منز نارٕ ژھٹھ آیہٕ کپارٕی
نُندہٕ لالہٕ نَگہٕ یو پارٕی یے

مئی، ۱۹۹۵ء



## اکھ دوہ سفرُک

کیاہ کیاہ سپدِیوو
تمہِ موڈ ڈُلِتھ
کیاہ کیاہ بدلیوو
تمہِ موڈ ڈُلِتھ

لرِ لوٚر پکہٕ وِنہٕ
پوٚز دوٗر سیٹھاہ
پوٚت نظرِ ترِ درِ
ییلہِ دِل تنبلیوو
تمہِ موڈ ڈُلِتھ

مَتہِ گرِیشمُک دَزُون
توٚت دُپہَر
گُمہٕ سرانہٕ جِسم
زَژھِ زَژھِ وِبگلیوو
تمہِ موڈ ڈُلِتھ

ٹکہ اَرساھتاہ
پڑژھؤن ماکانہہ
یسُ سُمکھ تہِ سُے
وُچھوُن باسیوو
تمِہ موڑٕ ڈٕلتھ

سُہ تہِ اوس دوٚہ
سیٚدی سادَن اَکی
بسَ نظر اَکس
زُو جان ہینیو
تمِہ موڑٕ ڈٕلتھ
کیاہ کیاہ بدلیوو
تمِہ موڑٕ ڈٕلتھ

جون - ۱۹۹۸ء



# حُسینٕہ حُرمت

مۄتّ مستانا بانٛبرِ واو
اکہِ دوہہٕ ہنگہٕ منگہٕ باعَش ژاو
پوشہِ تھرٲہ اَکھ أُس شوٗنگتھ
واوَن دوٚبتس أُچھ مُژراو

عاشق چھُس یارَز کرٕکھا
پانس کیٚہنہٕ نوٗے رَنگ برٕکھا
میون یہِ بانٛبرِ سِر سٕرکھا
میانٕس نالہٕ مُتِس درٕکھا

تمَہِ وَچھِ أُچھ زٕتہٕ گوٚرُن نکار
رویِس پھیرٕس وۄشلِنہٕ کھار
نظرٕ ہِلس ما اوُشُس وار
کامہٕ دِوَن اوس گوٚرُمت کار

جوٗن ۔ ۱۹۹۸ء



# سَزا

سُہ اوس فوٹو اَتھَس کیتھ ہیتھ
پکان بازرِ یہِ ما وُچھوَن
جُرم کیاہ تام کوٚرمُت چھُن
سَزا چھُس دِیُن پگاہ صُبحَن

بہٕ اَسس ژھایہِ ہوٚل روٗزِتھ
ژلان پوٚت کھورِ کانہہ وُچھتَن
شکل کمیٚ وُچھ تہٕ پٔرژھ کمیٚ کیٚہتہ
اَمِس سٔتۍ ژھاے میٚے رٔلۍ تَن

دَپان لُکھ آسی وَنان اَندری
اَمِس شہرَس کُڈتھ ژھنی تَن
لَگِس ییٚلہِ دَب تہٕ بُتھ پھُٹرِتھ
یِیکھ واپَس پیٚیکھ پادَن

گرکی باژَرے گیٚیس پھیرِتھ
لیٚکھِتھ تھوٗکھ بَرَن دارِن
بَرِچ، برٛانڈِچ کیتھے ترآوِو
یہِ دِلہِ کیو سرحدو کُڈی زِن

دسمبر ۱۹۹۷ء



# ژھانڈو

سَتہٕ کورِ مےٚ زامُت چھُم بوٚزِو
ہَتہٕ وانہٕ چھُ موٚنگمُت حضراتَن
وُنہٕ چھوٚ مےٚ کوٚندوٚرِن گرِبنٛد کَرَنے
وُنہٕ دَشہٕ چھُم گنٛڈٕی تھےٚ اَستانَن

رَتہٕ روٚنگمُت ہجرُک ژونگ چھُنا
تہٕ وٕنی توٚ کانٛژھاہ زانیو نا
خلقَن، ملکَن تھوٚوٚ ژوٚرِ تہٕ روٚچھ
شہزادٕ وٚنَس، شہزادٕ چھُنا

بیٚنہٕ خاندر اوٚسُس وولہٕ سُنہٕ یِتھ
یَتھ کوچہِ گُلِس اوس زوٗل کران
ہے بازرٕ والیو شاہدٕ چھوٚ
توہہٕ تھی نیوٚہم اَدٕ ما دیٚتیٚہم

جوٗن - ۱۹۹۸ء



# پوٚت آلَو

لوکچارٕ لگٲیو
بے عارٕ لگٲیو

یٟمہِ ساتہٕ ژٕ اوسہٕ ہَمو
تَمہِ ساتُک وۄن چھُمنو
اَز جانَس ٹُلی ہیمہٕ ہَتھ
پَرَدو ٹُلی پِتہٕ وُچھ ہَتھ
دُبارٕ لگٲیو
لوکچارٕ لگٲیو

ریشم ریشم اَکھ یاد
پوٚت نَظَر چھےٚ وُنہٕ آباد
کچرس منز خوشہٕ وُن خاب
اَسِتھ کوٚ چھکھ نایاب
شیٚہجارٕ لگٲیو
لوکچارٕ لگٲیو

تمہِ ماتاماہیچ وَتھ
لَڑھ گَرِدِ ڈُلِتھ دَولتھ
کَلہٕ ہا ہیٚرِ بون پانَس
ڈُچھِ کھَسہِ ہا اَسمانَس
اَمارٕ لگاؤ
لوکچارٕ لگاؤ

رَبہٕ رُودَس تاپَس منٛز
سُلہِ صُبحاے گامَس منٛز
تھَتھ تہَرِ ہلَم دارُن
شُرٛی عالم تِتنہٕ لاوُن
خُمارٕ لگاؤ
لوکچارٕ لگاؤ

عیزَن ہُند عیدی یاناہ
بوڈ بجراہ ، بوڈ شاناہ
ہتھ وانَن چاوٕ کھَسُن
اَتھ چھوٚن والِس پھیرُن
بازارٕ لگاؤ
لوکچارٕ لگاؤ





## خابَن تہٕ چھٕنے تھچھ

رَنگ تیٖتی زِ نظرَن کَتہٕ وہپہَن
پرٛیتھ طرفہٕ نوٚی تصویر بُنِتھ
وُنہِ اوسہٕ بونُن پَن ہوٚکھمُت
وُنہِ آسہٕ تاپُس زوٚن اَچھَن
زِبِہ ہَردُک اکھ توٚت تاپہٕ دوہ
اکھ زیوٚٹھ سفر اکھ گامہٕ وَتھا

بالَن ،مرگَن پیٹھ سُنٛز تہٕ ووگنہٕ
وُنہِ اوس کُلَن وۄشلُن ہیٚربون
زَن مسولہٕ مَہرٟینہِ رَخ لاگِتھ
گرِ دراہ یکہٕ وَٹہٕ آبہٕ نَٹَن
ییٚمہِ بتھِ وسہٕ وُن، ہُمہِ بیٖر کھسان
توٚت قدم ٹُلان بڈِ بآتھ گبوان

نہ چھُ روتُل نہ چھےٚ میٚے نیٚندرٕ اچھن
روٗنہٕ گوڈٕ شرہٕ ٹی بوٗزم ڈیٛہارَن
تمہٕ آسہٕ کٔتِنَ تل کتھ کرِٕ کرِٕ
اکہٕ آنہٕ اُسن کھنگالہٕ ژھٹان
کنہٕ دوٗرن مُنزِ منزِ گرٛایاہ دِتھ
بِلہ وانکہٕ پَتنَ ۂنز روٗنہٕ گنزران

اکہٕ موڈٕ ڈٕلِتھ اکہٕ ڈٔکرٕ کھسان
ہنگہٕ منگہٕ پیٚیہٕ بُتھ اَسہٕ تم کم تام
اَسہٕ باسیوو تم اسہٕ آسی وَنان
تو ہٕہ اَسہٕ وٕنی ؤٹھ چھو زبو ہٕ ٹِو
وو ہٕند باوِو یمہٕ اُچھ مُژراوِو
خابن تہٕ تلاشی چھو آسان

مےٚ چھُ یاد تیتھ زِ مےٚ ژٕلی تم ہیتھ
مَتہٕ ڈیٛہارکی سونٛہری پونپر

نومبر ۱۹۹۸ء



# انکشاف

وَتہِ پکہٕ ۆن ییٚلہِ زاہتہٕ سَمکھیوٚ ہَم
ژُکہٕ پچھِ منٛز پیتنُے باسیوٚ ہَم
قدمن پیٚییہِ برٛیڑِ تہٕ اَسی دوشہِ وے
لگہٕ پیٚتہٕ مس برٛہمس پھیٚر دِتہٕ پوٚز
ژۄنے تہِ روٗدُے وٗنی وٗنی کیٚہنہ وَنہٕ نے
مےٚ تہِ چانہِ بُتھِہٕ پرٛتھ گیٚنہٕ ما پرٛ

سُلہِ صُبحاَے بیٚییہِ اَز مُتی پاَٹھن
گرِ درٛامُت اوٚسُکھ کوٚت تام پیٚٹھ
وَتہِ باغاہ پیوٚے تہٕ ژٕ تراکھ بیٚیہٕ پھُرک
تَتہِ ہیٚتِتھ گوٗلاب بوسہٕ کرٕنی
نَہ ژٔے أندی کِھیوٚکن کُن گوٚے ظوٗن
نَہ ژٔے کنڈِنے مُنٛدکاہنہ وارِیہ لوٚرُتھ

واہ! میانہ گوسانہ بہ پآری لگے
وَن اُمہ مژرگ چھپہ پالنُس پے
ووہ بوزمےٗ ننش اَکھ خوشوُن سر
یم کھنڈی پھٹ خاب ٹھوکھ زٗژھر تھ
ییہ وقتکہ واوِ ژٕ ٹلی ہانکھ
باخودا ژٕ وُنہ چھکھ یاوَنہ موٗت

دسمبر- ۱۹۹۸ء



## ژشار

سیاہ سرُف سبز اَرس شژوٗپ
کوتاہ ژھونڈُم اَتھِ ما آو
نظرو منٛز نبہٕگلاوی تھوٚ
موٗت چھے توٚت ییہ وُنہس ناو

# کُنبر

تَس گوو وۄنۍ وقتاہ کَتھ کَرِنَس
پُرٛژھمَس دۄپنَم لفظن لۄگ کیوٚم
سَنٛح کوٚرمَس وَنتہٕ ژٕ کینٛہہ وَنتَم
وُٹھ زورٕ وُٹِن اوٚش دارِ وۄتھُس
تَمہِ وۄن نہٕ کہنی زَن آس وَتان
"اکھ شمعَ ہتہٕ سُہ تہِ ژھیوٚو اَڈ راتَن
کَتھ شہرس نیٚندرِ چھےٚ نیٚندرٕ ییمژ
وُچھ راتھ چھےٚ کُنز ژٕنۍ ہانیےٚ مژ
ژھوپہٕ تیژ زِ موٗتُن پھیر کَتھَن
یِرژھ ژھایہِ چھےٚ آسان رازٕ بَلَن
مےٚ چھُ وأنسَن پیارُن کانہہ دِیہ بٹھُس
یَتھ میأنِس پژأنِس دروازس"
تَمہِ ژھوپہٕ کَرأتَس اوس سٹھاہ صبر
میٚتہِ آس خبر چھُس کرٛوُٹھ کُنبر

# "شیٚمیم"

اَوٕ یہِ چھُ پوٚز .. .. ..
زِ راتھے
ہُمہِ نَبہِ دَندِ پیٹھ
شاہ پاٚزا اَکھ
موتہِ ژھَٹہِ اَکہِ
پوٕ، اَما پوٚز
ژھینٛہ ماتوتہِ یہِ ......
مرٛشِیُل، موٚدُر، متاہہِ، مُجاہد
موٚت، ماشوق ہوٕن لفظن ہنٛز
رَتبہِ وٕنی تارکھ مال ..... شیٚمیم



۴ رمئی - ۱۹۸۰ء

مرحوم شمیم احمد شمیم صابس عقیدتُک نذرانہٕ۔

# ثُریا سیمنٕز

نَے ژٕکھ آسہے تَے اَش ٹارٕ ری
لوٚت پاٹھۍ دژایکھ کوٚت ژٕکپارٕ ری
راژن کرٕتھم راچھ گرٕس پوٚز
باژو دِتی ہے برَنہن تارٕ ری
تارٕکھ لارِتھ کِتہٕ تاں لوٚسکھ
نبَہ پیٹھٕ رٕخ لارِتھ سونہارٕ ری
مے وانج تاں وُژھ تژاویمے
یِکھ نَتہٕ پانس روزی بارٕ ری
یاگی کوتَر بوٗلہ پھیرِے ما
ژٕنیتہٕ ما درایی کَل وَنہارٕ ری
ماہنٕز بونہن یَن ییلہٕ وۄشلی
شوقہٕ نظر ہتھ ییہ زٕ یپارٕ ری

نومبر ۱۹۸۲ء

# شہیدِ صحافت

آو تہٕ گوو جانانہٕ دِلَن تہٕراج کرِتھ
بازر والین دوہہٕ چھہٕ وانَن پھالَو دِتھ

مَنٛدنِین شام کرِتھ گوو وُچھ ماپھیرتھ آو
موٗنگمت وُچھکنا گرٕ دزامُت آسہٕ کھ روٗشتھ

کھاسین ماتَمٕ برِتھ چھِس ڈولاں مہرازَن
بانٛس چھِس دوہہٕ دِنہٕ ہَن تھوٗمُت بٔیِنہٕ شیٖرتھ

یارَن ہنٛدِس یارَس چھُنہٕ اکھ زرا اِحساس
مارِس کُٹھ دِنہٕ تو بوٗدس رِتہٕ شانہٕ منٛگِتھ

عادتھ اوسُس عید کہن تصویر ہٹنٕ
وُچھ کائیتاہ دوہہٕ گاسِ تِتی شُری پاٹھٕ شونٛگِتھ

تَس فَن کارَس ڈِیُتو کارِس نیر ژٕے رٔوس
اخبارَن لوٗگ بیٖنٛس تہٕ فوٹو آے چھُٹِتھ

ستمبر ۱۹۹۶ء



---

مرحوم مشتاق علی سنٛدِس یادس منٛز

# دُنرٕنانٛگی

عمہٕ ہتی سونتکی شامَن بوو
اوٕ میٔے دَمہٕ دَمہٕ زمزَم چوو

زاو تہٕ زیوٕ پیٹھ مأہتراہس
وِگہٕنو وَنہٕ وال دودہٕ گٔی چوو

باوَ ، مرگوَ بیٚیہٕ ناگہٕ رادَو
بوتہٕ شیٚہجارَن کھوتہٕ لَلہٕنوو

اَچھرَن ہندی گنجَ وأرِتس ڈالہٕ تہٕ
زانہٕ خودا تِم کمہٕ پرٕہٕنوو

شُرٕل تہٕ اٲہس خوشبوٕنی خوشبوٕنی
مَشٕر تہٕ سَخ توٚت پوٚز سوکھہٕ سوو

جٚیشناہ کوٚرنَس مٲلاہ وُچھنَس
ہَنگہٕ مَنگہٕ اَتھ منٛز ژوٚل اَسہِ روو

صُبحکہِ واوٕ ژٕ نادَس گَژھتَس
دَیتَس سوٗنتَن پَرتَوٕ ترٛوو

ژھاین ژھایہِ چھُ موٚت کَتہِ تامَتھ
أزی کی موسمہٕ گرِ دژایوو

وأنَسٕ کَتھ گوٚر موصُم شُراَسہِ
نَنہِ تَبہٕ تاپَس پاتےَ سوو

۱۸۔اپریل۔۱۹۹۸ء



# گجہٕ کتھ

پَر سۄرِ دِ پھوکھ وۄنی آہٕ لَبَن
یِمہٕ شکلہٕ مےٚ تلٕہ نے کرٕآلی چھوکَن
اَمہٕ اَندٕ تھۄَ دارِ تہٕ بَر ترٚوپِرتھ
ہمسایہٕ چھِ زاگاں اَز تہٕ ہیتَن

کھوتہٕ کھوتہٕ للہٕ ناوِم دَگ اُندری
گُلزار ووٚنُم دِلہٕ کِہن زَخمَن
رَنگہٕ رَنگہٕ بۄرِ پیالہٕ غمکۍ لوکَو
میٚتہٕ چھیٚی تہٕ بۄچیس گرینہ راوٕ تمَن

مےٚ چھُ وُچھمُت چانِہن نظرن منز
بے وایہِ مژُر گتہٕ گیوٚر کران
ییٚہ اَتھ مژرَس کانٛہہ ناوکرَکھ
ییٚہ اَتھ لاگکھ کتھ بازر پیٚن

تتھ درواژَس پھٔے ژھاے گمٕژ
تتھ اژُون ییٚہ زانٛہہ نَظرٕ ژُلکھ
ییٚہ یَنٛنے آسُن راوَرٕھم
ییٚہ ژھایہِ وَہٹی کرٕنے خابَن

تمہٕ خوشبوہٕ شکلہٕ مےٚ مُشراوِم
پوٚز مانٛہتھر پھرکہٕ وٕنی وُٹھ مَشہٕ نا؟
یوکچارس ٹیٹھی فرمان دِیکھ
ووٕنی بجرس منز اَڈ اَڈ کڑی تن

جنوری ۔ ۱۹۹۸ء



# سُہ دوہ

مےٚ وُچھ تَسَ مُتس کل بیہ پے مُنزِلَن ہنز
مےٚ وُچھ شیچھ اَنِن موتہ کیٛن سَرحدَن ہنز
مےٚ وُچھ شام سَپدان چھُ مندنین تہ باضے
مےٚ وُچھ گاشہ ہیے آس نَٹھ نَٹھ گٹَن ہنز
مےٚ کٔرِ سجدِ تھٔکی قرٲنسَ دیٖتم پھیرُ
مےٚ وُچھ دِل گواہی دِواں حادِثَن ہنز
ہرنی راتھ ژھوپہ ہنز تہ خوفچ خودٲیی
مےٚ وُچھ زُو اَویزاں گرٕبندیَن شُہَن ہنز
دَلیوَ وٲنسہ گُذریہ کتھ آس گرین ہنز
مےٚ وُچھ بُتھ پھرتھ ہش نظر دِلَن ہنز
بَرس بیٹھ گُنےٚ زوٗن سُہ شُراوس میونے
مےٚ وُچھ لُسَ نہ فِکری تنزاں کتھ لکن ہنز
نہ کوٗر تَم سوالے، نہ روٗٹ تَمہ مےٚ ناہے
مےٚ وُچھ لُسَ نہ مانےٚ ووٚن کانہہ شُری کتھن ہنز

اپریل - ۱۹۹۶ء

❦

## آزُمِیش

بالہٕ داہنہٕ ناگہ بَٹھِ
اَکھ خمہٕ ژھیوٚنمُت
منز وَنس .....

تیش خاموشی زِ
وحشت ہیوٚ گرِشھال .....
خمہٕ منز اَکھ
نارٕ وُزمہٕ دزٲیہِ کھوٚت
تیز قدمَو بال کُن

○

شانِشہِ لَد اَکھ زَز گجُر
اوُسُس دِواں آلَو لوتی
زانِہِ دَے تمِہ بوٗزہٕ کینہ
گوٚسُن دِتھ سوٚچ

أندرٕ گوو کیاہتام مےٚ گیہٕ بسَس برونٛٹھ کُن
ہُلٕ پرٕ ژھیومُس ہے بَباوَن کیاہ گرٕژھی
تٕمۍ ووٚنُم وولہٕ تھپھ کَرُم۔
کَتھ کرٕ مےٚ ستیٚ
وُچھ ہُکیٛا وَن چھےَ کھسان۔
زیبا۔ یہِ آشینٛتیٚ میأنی چھےَ
یٚیلہٕ یہِ زانہہ کُنہِ زٲنۍ چھےٚ نیران بال کُن
میےٚ چھےٚ ہیرِ بون زٕتہٕ پانَس ریٚہہ گنڈان۔

بوزُناہ کوٚرٕمَس، دَلیٖس أندری ووٚنُم
ہَنگن گرِ میوٗٹھ کرٕ ہےَ تَتھ اَتھَس
یٚیمۍ ژرےٚ یُتھ ہیوٗ لٲنی میٖلُن موٗنےٚ لبکھُن

جنوری۔ ۱۹۹۹ء



# یتھ شہرس منز

تیُتھ شِٹھ نیار زِموت تہٕ ہانیٛو
پٕکہ پٕکہ ساٲنِس شہرس منز
ٲکھ چھا زِندٕ رٕکنہٕ موردٕ وٕنو کیاہ
رٕگِہ کھٔش دِنہٕ چھا رٕتھ نیران

ہُتہٕ رِیٖہ رقصاہ یێتہٕ خُنہٕ سٕراناہ
کٔمۍ وۆن، کٔمۍ کوٚر کاٰشہٕ وُچھا
کفنہٕ گُنڈِتھ یێتہٕ وٲلی چھِہ نیران
جێشنہٕ کراں چھِہ جنازٕ تُلان۔

یِتہٕ آسمانٕچ ژوے چھا نہٕ چھُ کُنہٕ
گاش نہٕ تاپھ نہ وقتُک ظون
راتھ چھێے کھوژان گاشس اندری
دوہ ترٛہیومُت ووتُم شام

⁂

## لوکچار

## چھُڈاین قدمن پیٹھ

اُسی آسی گرِ دراہتی کوٚت تامتھ
وٲتی خبر کوٚت زانہِ خوٗدا
شہرو نیرتھ گامو پھیرتھ
قودرتھ وُچھ پیرتھ شیرتھ

حُسنکۍ ساری رنگ آسی آہتی
ماںٛس توٗری تہٕ اَسہِ تہٕ سمکھی
آدمی نظرو دوٗرے ژھوٚپ دوٚپ
پرٛیٖن ہنز سمہ کھن جایاہ

جادِہ بوے آس تہٕ قصہٕس اَدِ
کاشرِ ہاہ رٗدا ہوشَن منز
بالوَ کَم کھتیٚ، آرَو کَم تٔرِی
اَسہِ کیٛہنہ اوسا فِکرِ ترَان

وقتَن تھَکھ دِتھ پوٚت آلوَ دیُت
اَسہِ لوٚگ شُرِی پانکُ ہیوٚ باس
وٲتسَن ہُشہ پھیرَے تہٕ موکلیوو
کانہہ ژھوٚر رٗدنہ کانہہ وَسواس

تہٕ گوو وونی یٔژ کال مگر وُنہِ
باساں چھُ زِ یہِ چھےٚ راتچ کتھ
اَسہِ کٔرِ شُرُل تہٕ اَسہِ لوٚب پانَے
ڈاین قدمَن پیٹھ لوکچار۔

دسمبر۔ ۱۹۹۸ء






ترُن زرٕد بتھ، کلامہٕ کھنٕڈ پھٹ
بہٕ پیٚ وتَن ہنٕز مُساَفراہ ہِش

نہٕ زندٕ ..... زُوہَن
نہٕ مودٕ ...... مرہَن
بیہٕ مانہٕ وزٕھ چھَس
بیہٕ خاب اَچھ اَز

یُتھُے میٚ اوٚش ووٚتھ
سو آس وُچھاں میٚے
میٚ ترٕ ہِش پھٹ
یہِ ما پرٕ زھہم کیٚہنہٕ

سو شۆنج لوتی پۆز
مےٚ رآو واٗنج
دۆیُم پرٛژھَس وَن
"ژٕ کیاہ سَران چھکھ؟

ژٕ ما ژھچکھ ووٚنی
ژٕ ما کُڈر گۆے؟
ہُشارٕ پیارُن،
شۆنگِتھ کڈُن دوہ"

دُ ووٚت یہِ موتکُ
تہٕ زندگی ہُند
یُہاَے چھُ برَزخ
یۆتیک تہٕ تورُک

مےٚ تُل اَتھَس کیتھ تَسُند یہِ فوٹو
جواں کِرِشھ آس۔ حسین کاٗژاہ

# وسواس

وُزناوُن رَسہٕ رَسہٕ آلوَ دِتھ
یِنہٕ باشبر یِنہٕ کینہہ بڈٕ وَنہٕ مَس
مَس نیٚندرِ مگر اَچھ اُڈٕ وُزِھ بَس
اَتھ موصوٗم حُسنَس کھوژان چھَس

یہٕ چھےٚ میانہٕ پھیٚرِتھ شیٚہجار باللہ
یہٕ چھےٚ چانہٕ ولقارچ ہَچ ٹوٗپیاہ
یہٕ چھےٚ کوٗرِ یہٕ جِنیٚچ حوٗر چھَنا
گرِ نیرِ نہٕ وانٕس مایہٕ زانہٕ

یئلِہ واتہٕ یہٕ کُنہٕ دوہہ پَردیشن
تتہٕ لوٗکھ خبرَ کتھ کیاہ آسَن
وُزناوُن رَسہٕ آلوَ دِتھ
تم اَمس یہٕ نیٚندرِ ہے تھَپہٕ نی تنَ!

نومبر۔ ۱۹۹۸



# واد

بہٕ رَنگہٕ والیٚا رٔنگن لگےٚ نا
ژٕ کوٗت سَنگ چھُکھ اندازٕ کرٕ کھا
نیٚندٕر ژےٚ ماچھےٚ بیدار گرٔشتا
مےٚ نش تہٕ پھیراہ، ژُہا خودایاہ

لیٚیاہ ٹِھکاناہ مےٚ چھا بہٕ لبہٕ ہتھ
بہٕ نالہٕ ژھٹہٕ ہا، ژٕ نالہٕ رٹہٕ ہتھ
اگر وۄن بوزُن تَگی تہٕ بوزُم
کوڈُر وۄتھُے ژےٚ مےٚ کیاہ خطا چھُم

نَہ بب، نَہ موجی، نَہ میٚتر، نَہ اَتھٕ کانٛہہ
زَتَم مےٚ وَرہۆل۔ اَزل چھُ کھرٕ لَد
سُہ لیٚس بَناوُن توٚ گُے تھیکِتھ تسی
پھُٹِس بہٕ لرٕ کانٛہہ، بےٚ ہُنرٕ لَد

یہ آسہی ژیپہٕ پیٚنُن غرض کانہہ
نہٕ آسہِ آدم کُنہٕ ہنیومُت
خودا ژٕ اوسکھ، سُہ بندٕ اوسے
یہ میون آسُن چھُ اکھ سوالاہ

مےٚ کاییناتُک حسُن ووٚنُتھ نا
ووں پرتھ فنادُک بنا تہٕ ونکھا؟
ژےٚ یِس پسند چھےٚ قسم تُسند چھےٚ
ژٕ وَن مےٚ کتھ پیٹھ کھسان چھم رٕہ

بٕہ ماسا زالِس مےٚ زاو دُنیاہ
یوٚژھتھ ژےٚ یی تتھ مےٚ واد کوٚر یا
روٚٹھتھ اَتھس منز قلم تہٕ کاکد
لیوٚکھتھ ژےٚ کوتاہ تھیوٚکھتھ ژےٚ کیاہ کیاہ؟

مےٚ روزِ ژھےٚ سوال بوزکھ
تہٕ تتھ سوالس جواب سوزکھ
ووں گوو اگر دِل دری بٕہ مانتھ
مےٚ ستی کُن زوٚن شاہ ژٕ روزکھ

نومبر۔۱۹۹۸ء



# نبتھٕ نٕۍ قوُدرتھ

لولہِ منز چھُ پہاڑَن سبزاراہ
گژھ بزٕ وتہِ لیَہِ وَسہٕ وُن اکھ آراہ
مَدٕ والاں ڈُیھرِ تاپَس وُچھ
ییٚلہِ کاڑ کڈاں اَتہِ سَروٕ شُہل

ہُمہِ اندٕ ہمِ خیمہٕ گٔنڈِتھ لرِ نوٚر
ییٚمہِ اَندٕ اکھ عالم آوُرٕ ہیوٚ
وُچھ، آیہِ کٔنتھٕ دوٕد گاموٚنزٕ
ہُمہِ پہجہِ تہٕ کھٔژ کمہٕ کھیلہٕ کراں
یِم پٔہلی چھِ شیران زین گرِن
جبَ ہبتھٕ چھِ گنِداں شُرٕ اَنی زِہِرن

مَسولہٕ چھٚنے گلالَن مالہٕ کراں
یادَ تہٕ مُتٕ دیدارس پیاراں
زِٹھ دڑلے زنگَن دستارٕ ہُتٕن
یِمہٕ نابہِ کمتَ پھنمب رنگہٕ یٔندرَن

”

ڈَچھ وایاں شامَن ہاتھ گیوَن
پرِیَن ہُند آسُن مشراوَن
اَکھ حرَکتھ سوتہٕ خوشوٕنی خوشوٕنی
اَکھ گردِش اَتہٕ چھُنہٕ کانہہ تہٕ تھکاں
کانہہ وۄگیتہٕ ییٚن کانہہ نیابے نوٚن
یہٕ چھےٚ زندگی اَتھ چھا سوٗر لگاں

یہٕ چھےٚ بنتھ نٔز قودرتھ ژھایہٕ ہِلس
نوٚن رقص کراں نہٕ واہہٕ وَناں
”مےٚ چھُ اَز تہٕ تگاں وونہٕ وِشناوُن
مےٚ چھُ وُنہٕ یاوُن، مےٚ چھُ وُنہٕ یاوُن“

نومبر - ۱۹۹۸ء



# مشورٕ

آکھ ہےَ تہٕ اَزٕ، نیرَکھ تہٕ گرٕژھ
تھَوِنہٕ یِہ برَپوٚٹ دِتھ تھُوَکھ
میٚے وٲنٛس گیٖہ یَتھ یہَر منٛز
ووٚنی یِیہٕ کانہہ۔ تھٕیھ دِیہٕ کانٛہہ

اَزٕ چھےَ ڈٔکَس دٕژہ چھُکھ لوٚتی
کیاہ چھُے دِلَس ووٚنٛدٕ کھول پَکھ
یِم حیلہٕ، ہِتھ کَتھ چھُکھ رَٹان
تِمہٕ پرٛانہٕ وَتہٕ چھےَ نا مَشان؟

دِل چھُے قلندر مانِیا
یِتہٕ گرٛشھنہٕ کِس چَکرِس سَنٛیا
وٲراں جہانَتَن گوو فِدا
ووٚنی یِیہٕ نہٕ پھیرِتھ تورٕ زانٛہہ

ییٚنہٕ میانہٕ پَروائیک ژٕ کانٛہہ
پَرَوا بَرَکھ مَرَتےٚ مَرَکھ
لَنٛجہِ پیٹھ ژھُکھا بادُم وُچھےٚ
دارے ہَلَم پیٛیارَے وَسَکھ

گَرٛشھ میانہٕ وَسہٕ وِنہٕ آرٕ گرٛشھ
وَس دورِ ییٚنہٕ پھیرَکھ ژٕ پوٚت
ییٚنہٕ اَز تہٕ سۄدرٕچ کانٛہہ لَہَر
نیری ژٕ روزَکھ ترٛیشہٕ ہۄت

فروری - ۱۹۹۹ء



# اکھ یاد

زان تِمن ٲس ترٛشے اَکھ اُکی ہِنز
وَتہِ پکہٕ وٕنی اَجنبُہ جو راہ
سو ٲس نہٕ ہَرگز تِمہٕ سندِ شہٕرُچ
رنگ تہِ بَدلہٕ چال وِپرٕ
گیٚشوم مِصری حُسن تہٕ تَتھ پیٚٹھ
پھَٹہٕ پھَٹہٕ کرٕوُن موٚتّ یاوُن
تِمہٕ سندِ پکہٕ نَے وَتھ ٲس وِگلان
وِتھ ٲس وَسہٕ نُے مُشراوان
اٚندری تھٕوِ ہے دَم ما گرٚشِہِ میٚس
جانِ مَنَس پیٚٹھ آس نہٕ بَس
زٲنِتھ مٲنِتھ منز وَتہِ اکہِ دوہہٕ
دٕراس وُٹھو "سِیاہ ناگن"

سوتہٕ آٔس پیاراں زن یی وٕنٕنس
اَسہٕ وٕتہٕ ہونجہٕ نظراہ کرٕنٕس

تَتہٕ پیٹھٕ اَز تاں ماسمہٕ کھےیَس
اَدٕ ماکٕنہٕ زاتہہ نظرٕ گیٔس

دسمبر ۱۹۹۸ء



## نٕشار

واوَن اَچھٕ تیشُے جامَن تام
زالی ہَنہٕ ہَنہٕ شامَن تام
تیرِی ناوِتہٕ زانی کاتھٕہ
واتکھ زَن لُکہٕ یامَن تام

# اکہ کتھ، اکھ نصیحتھ

وۄلہٕ یکھ یتھ پھرنہٕ ڈلِس تَل بیٚہہ
وُچھ زَردی پھیرِے ہانیوٚہَم
یِہ چھِنہٕ موٚسمہٕ بَدلی یِنہٕ کھوژکھ
اَتھ واوِ طُفانَس روزِیا دَم

اَدٕ! آنگنَ منز زَن ژھایہٕ نژن
یِنہٕ پِگھکی خوشونی خاب پھُٹَن
اَچھ وَژھ تھوٚ یِنہٕ اَز نیٚندرٕ پیٚیی
وُچھ دارِ نیٚبری، دلوٚ دل ژٚے دَری

یِیلہٕ ہُمہٕ بُڈٕ تُلہٕ گُلہٕ تُلی نیرَکھ
اَکھ دَشہٕ ہَن توٚتہٕ گُنڈِتھ تھوٚزلِس
یِہ چھُ پرٲنِس وَقتَن ہُند ضٲمِن
یِہ چھُ کُنُے نِشانہٕ بُزرگن ہُند

اُتھۍ تَل آسَ ناڈٕ ینٛدٕر کَتہٕ وُن
کَمہِ حلقہٕ گبواں تِم لولہٕ غزل
اَسہِ آس اُتی دوٕدٕ بَتہٕ بِلہٕ وِتھ
کھیاواں تہٕ وَناں کانٛہہ پرٲنۍ کتھا

اَتھ اوس لَنجوَ پَنہٕ وُتھرَو مُنزٕ
چھاَنِتھ ، شیٛہلاَ وِتھ تاپھ وَساں
اَمہِ کِس سایَس تَل کَمَ گھُرۍ لَدَ
تقدیرٕ کۍ فاَصلہٕ آسۍ اَنداں

اُمۍ کاَتیاہ موٗسِم کِتۍ وُرۍ
چھاَوِن تہٕ وُچھِن اُتھۍ حالَس منز
کُنہِ اَندٕ دوٕدٕراں کُنہِ شاخہٕ نوَاں
وُچھ اَتھ چھِ گوڈَس تَل ژراَنگۍ دَزاں



اکتوبر ۱۹۹۸ء

# وُنہِ بہٗ زِندَے چھَس

وُنہِ چھَس بہٗ زٕنگتھ خاب اَناں
وُنہِ بہٗ زِندَے چھَس
وُنہِ ژانگیٖ اَچھَن ہندی چھِ دَزاں
وُنہِ بہٗ زِندَے چھَس

وُنہِ دل چھُ شوقہٕ مُتلہٕ کراں
پامہٕ ہواں ٹلی
وُنہِ چھَس بہٕ دِلَس آے منگاں
وُنہِ بہٗ زِندَے چھَس

جسمَس مہٕ کَرَ کَتھے ژہ مٔے چھُے
رُح تہِ چھُو کھیٚ چھوکھ
وُنہِ چھَس بہٕ یَمَن کرٔ اٰلی ٹلاں
وُنہِ بہٗ زِندَے چھَس

زیٖوِ رود صدا مانہٕ کنٛتھن
اَکھ زمانہٕ گوو
وُنہِ چھس بہٕ وُٹھوٗتلی تہٕ اساں
وُنہِ بہٕ زِندَے چھس

یِم لُکھ چھِ بہٕ پرواے یِمَن
زار پار چھا
وُنہِ چھس بہٕ یٔتھن بار ہیکاں
وُنہِ بہٕ زِندَے چھس

ژیٖے دارِ کرٕتھ بَند تہٕ برَن
تارٕی دِژٕ آیہِ تھ
وُنہِ چھس بہٕ آسمان وُچھاں
وُنہِ بہٕ زِندَے چھس

سُہ چھُ کھیلہٕ کراں اورٕ بہٕ چھس
یور جگر ہیتھ
وُنہِ چھس بہٕ تٔمس سجدٕ کراں
وُنہِ بہٕ زِندَے چھس





# شہُل، گُمانہٕ، رٕہُل پرُزَر

ووٚنی تمِس یِژکال گووٚ یوٚکُن ہِنیَس
از دِلَس چھُم دَگ دَپان چھس مُتھ وُچھس
زانہِ دَے بَرمژرٕناوِتم ڈیڈی وال
مُکھ دَپان تِم کٔرِتھ منگَن بَرمژرنَس

وولہٕ وُچھوٚ کیاہ کُیتھ منگَن آسم دِمکھ
مینے چھنے وانجہِ دَتھ گمژر بٔے تی وَنکھ
دلو مینے کانہہ یژرٕناوِ دٔنم اَژ اندر
چھےَ یہِ چانی بارگاہ موختاژ چھکھ

ہا خوٗدایا! پارٕی چانِس قودرتس
کرٛژ بجہِ مندورِ کرِتھ ہٕڈ ڈیڈی چھس
ہٕڈی گژندر آسنَس اَتھ راچھدَر
میٹھی کرٕتم یٖلہِ وَنکھ پنٕنی بہٕ چھس

ڈیڈٕ ہنٛز فولادی ہانٛگل میوٚن اچھ کمزور ہیوٚ
ٹھَس دِتِھم آہستہٕ شاید اَندرٕ لوٗنٛکھ شور ہیوٚ
دامنَس تھٲپھ ژھٕنٛمے کٕٚمی تام دب لوٚگمُ
پانٛنٕہ کینٛہہ لایِکھ کرِکھ درواز بَند

وونی اَوَے یِیتہٕ نَس شُرٕ ن چھَس گُلی گنڈاں
یم وٕلَن پیٚنٛن گُلیلَن میانٕہ اُچھ
دوٗرٕ ہُمہٕ آیینہٕ خانچہٕ دارٕ ہُند
اَکھ پوٚتاہ پھٔٹرٕن سُہ وُچھہٕ مے یور کُن

گووٕ تیٚتھ کینٛہہ یُتھ منٛے اُچھ اوٚش ہارٕ ہَن
پتھ دِلچ دُبرایے شہٕ گووگوٚب پہَن
آسہٕ دُنیادار سُہ تہٕ اَدٕ آسٕہ تَن
یَتھ دِلَس لوٚلچ اُمیری پوٚشتَن

دسمبر۔۱۹۹۸ء



# راوَن تیوٚل

گرِ گامہٕ گرٕ ھتھ، ییمہٕ شہرٕ ژلِتھ
پرٛملکس منز تمہٕ سوٚدرٕ ترٕتھ
سُلِ صُبحکہٕ واوٕچ گرٛاے بُنِتھ
سَمہٕ گھیمہٕ تِمُس دَروازس پیٹھ
سوے یوسہٕ خابَن تہٕ خیالَن منز
لوکچارٕ پیٹھے تَس لَرِ لوٚر پیٚچ

ہے بُنگہٕ ہیوٗ گوو زٕلو نبٕنگلیے یَس
لوتہِ کُمی تام اَندری زیرِ دِژٕس
یاوُن تہٕ حُسُن ییٚلِہ آسہِ رَلان
تیٚلِہ آسہِ یُتھُے انہار لَبان
تمہٕ ووٚنُس اَنداَژنَس دِم وَتھ
سوتہِ آسہٕ پوٗرٕ حواسَن منز

مَتہٕ شامہٕ پیٹھٕ سُلہٕ صُبحس تاں
پوٚت وَنہٕ آسہِ بولکہٕ ساز وَزاں
تتہٕ کَم کَم آسہِ تِمو کیاہ ووٚن
دوٚشوٚنی کیہنہ اوسا فِکرِ ترَاں
تِم آسہِ بہٕ مانے کَتھہٕ کرٕی کرٕی
اکھ اَکِس وُچھتھ اَچھ شیٚہلاواں

وُنہٕ اوس تِمَن کَتہٕ کور پکُن
وُنہٕ اوسُکھ کوتاہ مُنزِلہٕ کڈُن
وُنہٕ اوسُکھ موٚت یاوُن چھاوُن
وُنہٕ اوسُکھ خابَن رَنگ تہٕ برُن
وُنہٕ اوسُکھ اَکھ اَکی سُند بوزُن
وُنہٕ اوسُکھ لفظن مانہٕ کرُن

منز بازرٕ اَکہٕ دوہہٕ سمکھے لَس
باتیٖرٕ باتیٖرٕ ولسریمژ ہشس
کھوٚنہٕ منز اَکھ موصُم شُراوسُس
زَن ژوٚرٕ ژٕٹھ جس ہوش ڈوٚلُس
کَلہٕ نوٚمرِتھ اَندریُم سِر ووٚنُس
"یہٕ چھے کوٚر مےٚ وُچھہٕ چھُ مول یتِمس"

اَکھ واو طُفاناہ آو تہٕ گوو
تسٕ باسیوو پننےٚ پان ووپر
تمیٚ ہیوٚکنہٕ زٕرتھ تمۍ ترٛوو شہر
اَندری چھُس راوَن تیوٚل تہٕ مگر
یۄ آو دوٚپُن ووٚلہٕ یوز خَبَر
سۄ چھےٚ پھیرتھ آمٕژ کورِ زٕہتھ

فروری۔ ۱۹۹۹ء



## زٕشار

راتس آسَس زٕھری ہےٚ جِمَس
شانٛدس پیٹھ از ژھایہِ ودان
اَندرُیم جاناوار اوس کیٚہ تام
کتامُتھ ءِستی شوقہٕ وُچھان



مارچ۔ ۱۹۹۹ء

# مرژ پیٹھ مأنز تام

بہ باغ ژرائیس سہ پوشہ موت دژاو
بیہ شونکی پاٹھی تیارٕ پوک واو

مے ہیوت گولابس مُشک تہٕ وُچھ تمٕ
خبر تِمس کیاہ ادا پسند آو

سیوٗدے پرژھیومس بہار چھا اُتی؟
اسان اسان ووتھ ژٕ وَن پننُ ناو

دوٗپُس مےٚ ناوس گرژھان چھےٚ شوقے
دوٗپُن خو دالیس تہٕ کینہہ ژٕ پُشراو

وۄں چھُم دِواں مٲنزِ بہٕ وایہِ آوٕ
ژٕ میانہِ طرٕفہٕ سۄ دٲر مُژراو

مژٕر تہٕ کوتاہ شُرِل تہٕ کرِژھ ہِش
دَپاں" مےٚ ژٕتھن ژٕ وآج بدلاو

مےٚ لول تھوٚو مُت کھٔنِتھ چھُ سیٖتس
ژٕ منز اَکھس رٔژھ یہِ مٲنزِ ٹیوٚک تراو

مارچ - ۱۹۹۹ء



# زٕشار

—ـ۰ـ—

یِنہٕ جاناوارَن اَکھِ سوزکھ
پیٲغام دِلکی یِنہٕ راوِرٕنکھ
وُچھ زال شکارٕو وٕہرآوی
یِنہٕ سبزارس یٚیتہِ زاہتہٕ مازکھ

جنوری - ۱۹۹۱ء



# قوربانی

بَجہِ عیدٕ ہُند زٕندٕر چھُ مُقدّس تہٕ موتبَر
اَمہِ کِس زہٕنَس چھےٚ اِنتظارس پریتھ مُژہِج نظر

فرمانِ خودا موٗن سبٹھاہ شوقہٕ عاشقَن
کُن لختِ جگر اَچھ وُٹھ قوربان موٗنگُس دِیَن

یہِ چھُ بندگی ہُند شان تہٕ عظمتھ خودایہِ سنز
وٕدِن گوٚو اَندری سٕتاں مےٚ گینٛز چھےٚ بنِہٕ رایہِ ہنز

یٚمی موٗنگ سُہ لااُبال تہٕ تَس اوس منگُن بٔلی
دِنہٕ وول تہِ چھا کَم زِ جِگر دِتھ سُہ ہیوٚتُن مٔلی

وقتُک زٕ کرٕ چھُ پھیرٕ وُن ہَتہٕ واد وٚری گےٚ
عشقچ پھُلےٚ یہِ زاہتہ گرتہ ھیا کُنہِ واوٕ روٗدٕ لٔٹےٚ

أتھ منز مئے وُچھ پئنُ یہٕ شہر عرفہٕ مناوان
بہٕ بار ژکٕن ہُند وُچھتھ چھےٚ ساپڑگی ترٕسان

ساسَن چھہٕ کراں ڈاس وٕتَن موہرتاں چھکان
اکھ موج وُچھکھ بازرٕس منز اُزتہٕ پریشان

بجہٕ عیزٕ ہندٕ ژنٚدر باللّٰہ چھُے ژہٕ پرٕژھ دِلیَس
ڈیڈزٕبس سُہ شرٕ سُہ مول تہٕ بیٚبہٕ شر اکھ تھوٕ ژٕتس

قوربان گرژھن تہٕ دِل رٕچھن ژےٚ ٹوٹھ چھُے سیٹھاہ
شرٕ ی عید کرٕن ماجہٕ تہٕ لٕج بوٗلی ژےٚ وُچھتھاہ

اپریل۔ ۱۹۹۹ء



# اَرزَتھ

سُہ گوڈنیُک بوسہٕ یُس تمیٚ شوقہٕ جوٚرنَس
وُٹھَن بیٚیہِ دوٚن اُچھَن یوٚ پرٛزٕھنہٕ کرَنے
ڈیکَس تھوُون شرُس مَرٛنیٚندرِ لاگِتھ
تھوُن زُٹھرِتھ یِنٛز ہَٹھ پاپہِ اَرزَتھ
دوٚپُن وائنَن یہِ پوشَس راُچھدرِ چھِس
مَرٛزَرِ چھُس پرٛون نوٚ آوارہٕ گی چھِس

مےٚ وُچھ اَز شوقہٕ سجہِ وِنہٕ زھایہِ وُچھ وُچھ
سوٚ پاسَن پوش لاگان زوٗرِ پاٹھِن
وُٹھَن پیٹھ زورہٕ بَند کوٚرمُت اَسُن چھُن
اُچھَن منز رَنگ کاُتیاہ رِچھِس نزاں ووٚنی۔
دَیاں یٔرِ کالی چھُن اَتھ آنہٕ لَبہِ رستی
صُلح کوٚرمُت، ووٚل زوٚلمُت چھُکھ شہ دوٗرِ ریہ

مئے سمہٕ چھم راتھ پرٛزٕھمس ووٚنی وٕنکھنا
یہٕ اَسہٕ نٔگ سِرتہٕ یاوُن چھاوٕنہٕ کتھ
اُسِن ہیوٚ آس "دوٚیِم وٕہرٕ ژھکہ مُشرٕ"
مےٚ نٕے پانَس خبر واژٕس بہٕ کوٚت کوٚت"

اپریل - ۱۹۹۹ء



# زٕشار

صُبحکِس واوَس پرٛزٕھم کمہٕ شہر کیاہ کیاہ ہیتھ ژٕ آکھ
تمٕ دوٚیُم اَختابہٕ زٕژٕ کوٚر پوشہٕ ٹوٚرٕن بوسہٕ بیاکھ
بُلبُلو وُچھ گُل چھہٕ نیٚندری کمٕ مُژٕھلِتی نغمہٕ ہیتھ
آیہٕ چاٚرتھ تارٕ سینچِہٕ سونٛت موٚت بُجھہٕ شوقہٕ دٕراکھ



اپریل - ۱۹۹۹ء

# راتھ

یہِ راتھ کاژاہ شِہج چھےٚ آسان
نیٚندٕر چھےٚ کھوٚتہِ منز اَناں تہٕ ساوان
اگر نیٚندٕر گژھہِ اُوار یتہِ چھمٕ
مَتِین سوالن جواب ژھانڈان
پرژھاں "سوٚدُر آسہِ تریشہٕ ہوٚت تَس
مےٚ وَنِتہٕ کُس آسہِ تریش چاوان
ہُہ سِرِیہ شِتھہٕ کُنہٕ واوٕ ژھٹہٕ وَن
بیٚنبس اَندر چھا یہِ ماجہٕ روزان
اگر اُمس گوو اُچھِن یہِ گاشی
کُمس کرٕتھ چھتھ یہِ واتہٕ اَسمان
بُڈِس کوہُس کھسہِ اگر پٔری کانہہ
کوٚہس چھُنا اکھ تہِ داغ روزان"
یہِ راتھ یوٚدوٕے نیٚندٕر چھےٚ پاوان
تہٕ خاب ہاوِتھ چھےٚ راوٕراوان

اپریل - ۱۹۹۹ء



# شاپھ

تمُ دِتی از یُژ کاڑی مےٚ کاکد
وَرقس کیتھ کیہنہ
سوکھ بِٹی سوکھ بِٹی حرَف تمن ہندی
دَزِ ہِ وِنی مانِہ گندِ ہِنی دوٚپُن

"میون یہِ اَندریُم سوُرے سوکھ اکہِ
نظر ژُھنتھ نِہنا وِتھ وُچھ!

مےٚ چھےٚ وانُشَن لٔلہِ ناوِنی دگ پوٚز
ژےٚ تہِ ما ییی قرار باللہ
ژےٚ کوٚرُتھ مَاتھر دِتھ اکھ ژُھل اَدِ
مےٚ دیتُے شاپھ مرِز ہِیہِ نے"

۲۸ر اپریل - ۱۹۹۹ء



# حُسینؑ

(ا)

پَرزچِہ وَتہ پیٹھ دٚراو حسینؑ

ژٕہہ ژٕہہ نوٚ سَرٕ زاو حُسینؑ

شُرٕ مہرانٕہ تہٕ مہرٚینہ ہیتھ

کربَلہٕ ہَس منز ژاو حُسینؑ

۸، محرم الحرام

(ب)

خٕمس خٕمس اَندی اَندی پھیران

سیکہٕ صحراوَس ژاٚلی دِوان

لبَان ہتہٕ تھکہٕ تَشیر تھ تھاوان

دوٚدٕ موصُم بٚنیہ جوان جسم

۱۰، محرم الحرام - ۱۹۹۹ء



# آبہٕ جوٚے

وَن یارٕن سٟتۍ اَسہٕ وٕنۍ گِندہٕ وٕنۍ
جنگلوَ مٲنزۍ دَوِ وَسہٕ وٕنۍ اَٲس
سبزارَو کِنۍ ژھالہٕ لِوان مٔنزۍ
مٔنزۍ آس تَتہِ تَبہٕ زالان پان
تاپَس ژٕلہٕ وٕنۍ شِہلَس لاران
آبہٕ جوٚیاہ اکھ باشہِ کَران

کوٚہہٕ دامنہٕ آس کَتہِ تام نیران
کَتھ تام آرٕس سٟتۍ رَلان
آرہٕ کنٕو لوٚتہٕ یِم چھوکھ دِتۍ ہَس
تِمہٕ وٕے سٟتٕن آس سَجان
گزٕراوِ تہٕ کاٲنسہِ، مَلالہٕ تہٕ کُنہِ کُے
شِشہِج، مٔزہِج کَمہِ شوقہٕ زُوان

تھدِ کوہہَ وۄتھ اکھ واوٕ طُفاناہ
تمۍ وُچھ کَتہِ تام دِل تنبہٕ لیوس
کَتھِ مۍنزٕ وۄنِ کتھِ کمہِ آیہِ تہٕ
دۄ بینَس وولہٕ پکھ اَتھِ پلہِ ناو
اَسماتوَ مۍنزٕ اَز پھیرناوتھ
نوَن جہانَن یہٕ ژٕ ہاوَتھ

یتہٕ کیاہ کیاہ گوو زآنتھ مآنتھ
کآنسہِ ہیۄکاہ نَنہِ واتہٕ وُنتھ

مئی۔ ۱۹۹۹ء



# ناو ــــــ؟

وهڻي ندَ يا ڦلڙُن واو
ناچ زڙ يا خوشڻي تير
ڏيکي اَختايه ۽ نال ڦُندڙ
زوءِ ڪرِٿ سَهه سازِ حُسن

دامانُگ روءِ شرڻي مضراب
آسِه عذاب نَه آسِه عذاب
پُرڙلونچه گِلَن فاصلي ڦِهي
اَنگه اَنگه هِٿ رَنگ بَدلاوان

نَظرو مُنزي سَترَن پِهروان
اَسه ڻي وُڍ بِرساوي سِٿاه
مُنزي اَٿِ لاگِٿ شيهلاوان
مُنزي رُمه رُمه توو وِيهه تيلان

ٽوڙهي ڇاوَکه تازهِ بهار
روشي راوي موت نوڪپار
تَلِه سا ٿُگنےَ پرِبز ناڻي
تَلِه سا ڪرلشَ ڪانهه رُت ناو

مئی۔ ۱۹۹۹ء



# مالِنۍ

گَرِدے گَرِد سو مالِنی وَتھ

تَمہِ کھوتہٕ بُڈ چھا کانہہ دَولَتھ

بٕرانٛدس زالَس رَتہٕ کی ژٲنٛگی

ہِشمہَس کرُہَس پوٚنپیری گَتھ

بَرنےٚ ہرشرَن پَتہٕ کیا گوو

آنگنی چیٖرُ گیُش تہٕ چھےٚ اکھ سَتھ

گاشہٕ تہٕ تاپہٕ ہلمَ بٕری زٕنس

اَختابہٕ لگےٚ بوزکھ کَتھ

توٚت گرٕشھنَس گوو ووٚنی ٹیٚژ کال

مے گیُہ واٚنجہِ اٛندری دَکھ

لوٚنچہٕ مٔتے ہرشرٕنی چھم گنٛڈ، از

گوڈکرِ استانَس کینہہ گَتھ

اپریل - ۱۹۹۹ء



# نعت

ژون یارن ہُند یار محمدؐ
دل گیرن غمخوار محمدؐ

حُسن مُکمّل خودا پزی پوز
حُسنک نوّن اظہار محمدؐ

عشقہٕ سوٚدُر چوٗن کرنوٗن
پانہٕ پننُ دیدار محمدؐ

میانہٕ گوناہ گاری ستھ پوشن
آمہٕ پننۍ دِیہٕ تار محمدؐ

لیوکھ خوداین دلِ آئینس
موٚنگمت روٚنگمت نشار محمدؐ



فروری ۔ ۱۹۹۹ء



کُمؠ تام مےٚ وۅن اَز خابہٕ اَندرِ بڑوٚنٹھیُم تہٕ پتیُم از مُشراوو
لوکچارس اکہِ لٹہِ ناد دِمَو، گوڑٕ وقتس ٹھٔرِ کینژھاہ تھاوَو

اَذِ ژھیرِن گندُون ازلہٕ پیٹھےٚ، سمہٕ پس زانہہ شوٚبیا گرٕاو کرٕنی
تھَپہِ بتھارِ لَبوٚ یا مَتھ کانہہ گرٕ، تتھؠ ستؠ پکوٚ اَدٕ ما راوَو

ہُم کوہ چھہِ وُہاں یم بال دَزاں، ہِشِنہٕ مانہٕ یمےٚ تُلہٕ نارٕ تیونگل
رٔیہٕ رقص کراں عالم سوُرے، کتھ آب چھکو کیاہ شیہلاوو

وُچھ آبہٕ اَندرِ سبزار نیٹھو، یتہٕ نبنگلاوَن یتِنہٕ وول کمَر
اَنہارِن خابَن رآچھ کرَو، وولہٕ یتِہٕ لسَن خآرابھا تڑاوَو

یتِمہِ وَتہٕ ژٕ پوٚکُھ یٔژکال دِلو، تتھ آلوُ میٚتہٕ لوکچار یَنُن
ووٚں چھُہ دوُرِبرِ ڈاین قدمَن ہُند، پوٚت پھیرِتھ کوٚت وَتھ بدلاوو



مارچ، ۱۹۷۹ء

ابتدائی دورکُ اکھ غزل



یُس کرِ گونگُل سُے کرِ کرٛاو
اَز لَس لتہٕ ہتی بر ہرٛاو

میانی وٕجوٗدن ییٖتہٕ ژھٹ رٟیہہ
ہُتہٕ وٕتھو شرُی تارٕکھ ہ درٛاو

بالَن کھسہٕ نِچ توٗزھ راوِر
پاہٕتھلی ٹکی بُتھِ پیوٚ وُصحراو

اَدٕچہٕ وَتہٕ پیٹھ زوٗنی تھُچِھکھ
تامتھ پیار قدم ٹھہراو

شوقہٕ شہر چھُے دَزٕوُن ودہتھ
خابہٕ کُٹھس منز نیٚندراہ ترٛاو

کَنہٕ ہنزٕ رگہٕ یُس رَتہٕ ٹیوٚک پھوٚٹ
تمی کرٕ کٔہنزَن نظرَن گرٛاو

مالِنہٕ پہر چھُ پھُٹہٕ مُت نٔش
مہرِینی پوٗژ اَتھ پیٹھ وَہراو


ستمبر ۱۹۸۰ء

---

حضرتِ شیخ العالمؒ سُندِ مشہوٗر مصرٕکس طرحَس پیٹھ لیوٗکھمُت غزل



ہوشہِ ہَوا تہِ ڈوٚل وُچھِتھ ژٕ کاُنسہِ یُتھ خُمار کَر
سونتہٕ ووٚلو ووٚلو طرفِ چمَن قرار کر

اَسَن پٔری چھےٚ نینٛدرِ اَز، غمکۍ خزانہٕ ھٹاہٕ وُتھی
سَمےٚ لوٚپَل ژٕ نےٚ زاگہِ چھُے، ووٚتھ غمَن شمُار کَر

نِصف شَبَس دوٚپُکھ یکوٚ تہٕ دارِ تَل سٕمو گمَر
خبَر کَمِس اَکِس ووٚنُکھ اَز تہِ اَنتظار کَر

خیالہٕ گامہٕ کِنہٕ اگر مےٚ سایہٕ ماجہِ ھنٛد سَمکھ
پرٛژھَس "ژٕ ونتہٕ راہِ رِتھ ژٕ ھنُتھ کتیتھ اَمار کَر

دہہَے چھےٚ سرِ یہٕ پوٚژِ لونٛچہِ تَل اَناں ووٚں کَس وَنِس
ہَتےٚ مُژی یہٕ خابہٕ موٚت شہَر گرٛژھی ہُشار کَر



۱۹۸۱ء



تَمہِ ساتہٕ لیۆکھمُ یاتہٕ ڈٔگس کاَنسہِ بَدل ناو
نَتہٕ آسی شۆنگِتھ جاَدی گرٕہے یێلہِ سُہ جنگل آو

پۄزایہِ پوشَن رٕنیہہ ہێرِٕن ژھوٚٹ تَل پَدبوٚ منّے نار
گنٹایہِ صَدا چھمُ دَیاں دِوتا چھُ تیو نگل کھاو

گرٕژھِ وارٕ کٔتھن وَٹھ تہٕ وُٹھَن پھیرِ سیاہ ژھاے
گرٕمیون اَگر زہرٕ بوٚرُت ژٕہُیہہ یہِ لوٚڈپل ژاو

ہرٕ ساَوی بےٚ پَرٕژھ وُنہِ وُلتھ از چھُ شہرٕ میٔون
ژٕسێنچھ آیہِ کھٔنٛدِ گامہٕ کٔتھن ہرٕ ییہِ چھوکل دراو

ییٚنہٕ ژھایہِ نَرٕژَن بُرٕ مجہِ کُلٕبن تَل تہٕ منّے دِن تشاپھ
ییٚنہٕ سایہِ وَہٹی کرنہِ وَسیم اورٕ شروٚبل واو

بَرٕ ژاو تہٕ منز آنگنَس لوٚگ نَرٕژنہِ بیےٚ پَرولے
اکہِ نظرِ گوو منّے تیمبرِ ٹُلِتھ اَز تہٕ ژھرٕ بٹٛل دراو



سوٗنتہٕ شیٛہلتھ نظر آسٕس
رَتھ مَنگاں کَتھ مگر آسٕس

وُپھ تُجُن جانوَر لوگُن
مأتھرے ترٛٹھ قہَر آسٕس

زوٗرِ پیٹھ ژونگ ژھیوٗروُن
موٚہج شیٛنچھ خبَر آسٕس

پرٛانہٕ وَقتٕچ رٕنیمٕژ بُڈ
اَکھ کتاباہ پتھر آسٕس

یاوٕنٕچ ژھَٹھ ٹُکَن تھیکٕہے
مَنٛدچھِ ہانکَل مگر آسٕس

داہنکہٕ داغہٕ کَلہٕ ناوتھ
چانہٕ موٚکھی دَر بدَر آسٕس

راٚژ ہندٕ شوقہٕ کَلمَس منٛز
زوٗن اَکھ کیاہ زبَر آسٕس

جوٗن۔ ۱۹۸۳ء





رۄتلہِ ژۆنگاہ زاَلِتھ تھاوَن
دَچھ تَکھ اَتہِ کینژھاہ پَرناوَن

یَتھ لَرِ بَر مۄژرا وَوپَے چھا
اَنہٕ لَبَن ہندی کس کیاہ ہاوَن

میانہِ ڈٔلگ پرِتھ سجدٕ چھُ تھپھُر
گَرٕ گَرٕ کِتہٕ پوٚتلی پھٹراوَن

شہرچہِ ہَتہٕ زٔنگٕ وَتہٕ ماَنڈِتھ ژۆل
وَتہٕ موٚت مَن کوتاہ سمجھاوَن

چون تھٔزَر آویزٕ زمانس
میون مَژر پھیران صحراوَن

شیشوِ شیچھِ تَطرٕن کیتھ نی زیکھ
کَنہِ وِبن لوٚکَن ہِنہٕ زانہہ باوَن

اَسہٕ نَکُ قیمَتھ سَر دِمہٕ ہاہتہِ
ڈٔپی زیکھ میٚتہِ پہراہ اَسہٕ ناوَن



نومبر ۱۹۸۷ء



زُون لَجِھؔس چھَس اَچھَن چھُس بار اَز
رٲتی راتَس آسِہے بیدار اَز

شامہِ پتٕ کُس روٗف کراں آو دِیَس
آنگنَس منز لوگُم باپار اَز

وَہی کَمَن دارِن تہٕ دٔری چھَن بوٗلی لَجٕ
عاشقو آوارٕ وُچھ دیدار اَز

راتھ کیٚتُت بوٗزُم کَنَن اوٚسُکھ گیوان
بٔنیِہ گرُن آسی زٔنے کانٛہہ اَنہار اَز

تَس چھِ اَچھرن ہندی خزانے راوی متی
کاکدس کیتھ سوٗزی نَم شہمار اَز

تٔتھی کُٹھس یتھ منزیوٗرے تمی آیہ پٔری
ہایہِ پیٹھ زٕھایوٗ چھِ لیکھی متی شار اَز

جلیٚشنہٕ برٛونٹھے کاٗر وٕھ طوطس تہٕ زٕل
خشمہٕ ہوٚت اوسُے سُہ جودوگار اَز

اگست۔ ۱۹۸۸ء





وُچھاں وُچھاں سُہ جوٗگی وۄتھ تہٕ سوٗر چھوٚکُن آنگہٕ نَس
مَساہ مَساہ بٔرنٕزِس اَکِس مِٹّے دارِ دَجِن گیشُند تہٕ لَبَس

یہٕ بازَرہٕ چھُ ویوٚد مِٹّے خریدار تَے مِٹّے زآنٛ چھِم
یوٚتُے بہٕ ڈولِہ منٛز تِلِتھ نِصف شبَس اَنیِٛہ ہٕ سَس

مَتاں چھُ شامہٕ پٔتہٕ دوٚہے تہٕ تِتھٕ کُلِس چھُ گوٚڈ کھَناں
تُتِ کتابہٕ ہنٛدی وَرَکھ نِمتی چھِ واوِ گرٛایہٕ تَس

پھیٛرُن تہٕ سارِ وآنٛشہِ ڈٕتِنُ پھیٛرِ مِٹّے شوقہٕ بوٗزِمَس
موٚتِشِس تہٕ میانہٕ ناوِ روٚس موٚتِشِس نہٕ کیٛنہہ تہٕ کُسُ وَنِہس

مُژُر پہٕ سارِ راژ کاتسہِ دارِ پوٗتاہ کوچہِ کنہٕ
توٗ ے تہٕ صُبحہِ پتہٕ برس منے چیشمہِ جٕرتھ تھاوِس

ہواوِ میانہِ مارِنہٕ وتھہے لب بکھ ژٕ پرژھی زِ تتھ
مَلالہِ آیہِ گراوِ ہیتھ تہِ زانہہ تہٕ یہٕ ما آیہِ سَس

مُٹھس سو دارِ دٕش گنڈنی تہٕ بوٗن نمتھ دُعا منگن
عجیب راژ باوِہس تہٕ دُرلٕ خاب ہاوِ ی ہس

اکتوبر ۱۹۸۹ء



# اکھ بند

لول اوٗس اَندری کھٹِتھ تھوٗن
کاشہِ ما زانہہ سُہ سِر بوٗن
اَز دیاں ناوِ وولِتھ وۅتھ
اَز تہِ سورُے زمانہٕ اَسہِ نووٗن



تھکہٕ نوو ٹُکو نیلہٕ کأنٹھُن ذأژ تھٕرز راتھ
بِتی گوو متبن کنن تہٕ مۆنڈکھ بیاکھ زَہر راتھ

اَسہٕ اُسی پھُٹمِتھ ساز وَلِٹی نغمہٕ وُٹھن پیٹھ
بند جالہٕ اَندر اوس بنے آواز شہَر راتھ

وَتہٕ ڈالہٕ نہٕ وونی آہوے کانہہ کأنسہٕ وُڈر پیٹھ
پیۆو پرژانہٕ پہرِ ہُند سہٕ کُنے تاکھ پَتھر راتھ

شُہأری اُچھل اوس بنے پھُرک آیہٕ پَراں اوس
اَکہٕ وِگنہٕ وَنہٕ وُلنس تہٕ دَپاں آس مٔژر راتھ

اُوٚ! پھٕٹ سہٕ کُل سوٗزرِ تہٕ گیہٕ آوارہٕ آلہٕ رۆس
تیٚتھ سانہٕ گامہٕ اوس کراں ہِکچہٕ قہر راتھ

تُمی کالہٕ طُفانَن چھہِ دَپاں چیز نِمتی زٕ ے
اَکھ چانہٕ کُٹھچ دأر تہٕ بیٹھہٕ میأنی نظر راتھ

مئی ۱۹۸۸ء





زانہِ خوٗدا تھ لرِ منز کمَ کمَ آسی بہِستھ
سوٗ تہِ آس راتس توٗرِ کُنھ از اَتھ دارِتھ

آدمی قھتھے اوس زِ دارِن گوٗو نہٕ صدا
گاشی یوتا ، تسَ اوس چێشمَن تاپھ بُرِتھ

شہرک چیٖرِ گیُش بوزِتھ دیٖت تمہِ تھکھ تہٕ دوٚپن
ییٚتہِ نے کتہِ تام اوس سُہ مالِنی گام بُسِتھ

سُے پوٚت آنگنُ اوس تہٕ سُے اوس شامکُ وکھ
دآن تھرِن تلَ آس سوٗ کُنہ زٕنی راتھ بہِستھ

مَہریٚنہِ کارِس گنڈہِ ہوٚ بیٚنیہِ از تنتیلِ کی پاٹھی
لوکچارِچہِ ولسہٕ ینہٕ اَہوکھ زنَ آوٚ دِتھ

ووٚلہِ یمہِ رنجہِ رنجہِ زٕنژ لاگے اَتھ دامانسَ
چھاو ژٕ تامتھ وٕنہِ چھکھ شرُ وٕنہِ بیٚنیہِ نہٕ ڈٕزِتھ

۱۹۹۴ء





وانس پیٹھ از نظر گییم نُند بٲنۍ پتنگ
یاد پییم اسمانس کھسہٕ وٕنۍ سٲنۍ پتنگ

صُبحٲے صبحٲے میون زٔنے پیارُن آنگن منز
براندس پیٹھ کمہِ چاوٕ بناوٕنۍ چٲنۍ پتنگ

یٲگی واوَن کَل کڈٕنسہٕ کِنہٕ پانےٚ زٔج
شٕرۍ ہندِ اَتھہ منز دزایہِ تہٕ گٕژھ اسمانٕ پتنگ

ییلِہ تَس پرٲنو کوچَو پکہٕنَس ھٹاکھ کوٚرُکھ
شینچھ ہتھ آیہِ تہٕ زُنہ ڈبہِ گٕژھ آکھ زٲنۍ پتنگ

وُچھ اَتھ پہرِ چھےٚ سُلِہ صُبحٲے از دار وُژھے
دوٗرِ چھےٚ وُچھمژ کمہِ تاں بیٚیہِ مَنہٕ مٲنۍ پتنگ

ییلِہ نہٕ ژٕکنہِ پٲٹھ تمہِ لسی تیہِ ہُند نیب لبکھ
برٕ مجہِ اُویزاں آسی ژھینٕمژ پرٲنۍ پتنگ





دارِ نیٚبرِ گوو بیٚنیہِ آلوَ
بڑ مجٔن تٔل ما نوٚژ ژھالوَ

یَتھ پہرِ چھٮ۪ے وٕنہِ آدٕمی بوے
برٛانٛدس پیٹھ ژونگاہ زالوَ

دلوٕ کانہہ یکہِ سانٛہو کوچوٗ
دیوارَن پیٹھ ناو لِکھٕو

بجہِ وَتہِ یکہٕ ہَو ناو یرٛژھن
وولہ یٮ۪مہِ کوچہِ کِنہِ تھ نیرو

ساتھاہ بیٚہہ یٮ۪تہِ راتھا دَر
سانہِ نَژُن ہیٚوٕتہٕ ہے ئُرِ یوَ

دارٕن نظرٕ الاشرٕ گیٚس
اُہندِ اَندٕکی ہِم برٛدی توٗ

لفظَن آسس نیرٕ شِنجھ
بوٗزِم سینٛس رُودِم سٕرٕ و

اکتوبر، ۱۹۹۰ء





مدٲنو راہِ چانے آیہِ چمن جستہٕ پھوٚلتھ
مدٲنو وانے رۄدُکھ ازتہِ ژٕ کتھ جایہِ کھٕٹتھ

مدٲنو سیٚتھہٕ سونتُک ساتھ شہُل راوِراوکھ
ییٚتہِ ناچھُہ روزاں کانہہ تہِ موٚسم ساتہٕ ڈٔلتھ

مدٲنو پوشہِ تھرِن پیٹھ چھہِ جاناوار ہیتھ
وُچھ حالہِ لوال، ژھالہِ نواں ہوشہِ ڈٔلتھ

مدٲنو لوکچارِچ راتھ، شہج راتھ پھِرِم
لوٚت آیہِ لوتی جادی کٲتیاہ ذرایہِ گٔرتھ

مدٲنو تازہِ تجُھ باتہٕ لۓیاہ بوز صدا
وُنہِ دوٗرِ نیٚن منز چھہِ پہلی خمہِ گٔنڈِتھ

مدٲنو ساٲلہِ ہتے کونہٕ ژٕ یِکھ سون کُتُے
ازسانہِ آنگنہٕ ہا چھہِ دِلکی مالہِ ٹکِتھ

مدٲنو چانہِ خطکی ریزِ اُچھن نیز سُنم
الماسی اٹھو نامہٕ کمیوٗ راہِ لیٚکھِتھ



جولائی، ۱۹۸۸ء



پۆرانہٕ گامُک سَفر چھُے خبر واتہٕ کھا
داستانَن اندر ہُتھینہٕ ژھانڈتھ یِگاہ
یا چھِنے تاپچ خودآیی تہٕ آواہ اَز
یا چھِنے دارِن اَویزان ماتھرِ سیاہ
اَز یوسے کتھ وُنِتھ سوے کرامتھ کرِتھ
چانہٕ دادِچ علامتھ یِہاے آسہا
واوٕ گژ ایوٚ گرد اَنی تہٕ خوشبوے ڈ ج
مالِنیُک آسہٕ آمُت یہ نادَس مئے کاتہٕ
ژھایہٕ بیٚیہٕ راتھ کیُت اَز اَیارِ کُھژا؟
جایہٕ تژ اَوتھ چھِ ژلِہتہ مَلاَیکھ باللہ
ہُتھینہٕ پژ ژھم سو کتھ ہُتھینہٕ وولے بہٕ اَز
سوچِہ صحراوٕ ہچسے بہٕ تھُچسے سِتھاہ
تام اَنی زبس نہٕ روبے بنبرِ ذراو چھُم
نیرِ گرِہ اَز تہٕ پژ ژھنے سہٕ روشتھ چھُنا

جون، ۱۹۸۹ء





یادَن ہنز تمہٕ پرٛیہ ژوپاسے آیہ ژٕسِتھ
اَتھ ژٕنۍ ژٕنٛڈ پکہٕ ناوِکھ تمہٕ درواز اُژِتھ

پرٛانۍ مَندوراہ دارِ تہٕ برٛوٗتھی رٲچھ وَہٹی
آنہٕ کُٹھکی پھٹرٲوِتھ اَکھ شہرٲدی شوٗنگِتھ

آنگنہٕ اَندرِمہٕ بوٚنہٕ شہُل اوس پرٛونے ہیوٗ
شاخن پیٹھ آسی ژھوٚپہِ دوٚپہِ جاناوار بِہِتھ

ییٚلہٕ ییٚلہٕ دِوتا آے تہٕ مَرٕژِ نظرن مَنگ
سوٗ تہٕ آس ژُتجِ پھر دوٚنیکھ اَتہٕ جھیم خاب بٕسِتھ

تیٚلہٕ کی پاٹھِن نادَن گیہِ یا برٛآنتی مَتیا
تیٚلہٕ کی پاٹھِن بیٚنہِ ژوٚلیا کاہنہٕ وادٕ کرِتھ

اَسہِ ووت یتہٕ وَتھ کورِن یی گُلہِ میوٹھ کران
لٔلہِ اکھ نلہٕ وَٹھ، حبہِ اکھ پرچاہ لونچہِ گنٛڈِتھ

ستمبر ۱۹۸۸ء





پہرَن منّے وآنسہٕ بخشمَس تہٕ مینّے دوٚپُن ژمنگ
یَکھ دارِ تیپرّی دار ہٕلم کیہتہٕ تیٚتیٚن تہٕ مَنگ

یوٚ راتھ تمُس آسہٕ وَزاں وِگنہٕ ہٕٹُس پوٚز
اَز صُبحہٕ یٔتی ووٚتھُم منّے کیُت تہٕ اَکھ صدا ژمنگ

شبَ ڈیڈِ تَل دوٚرُم تہٕ سَحر دارِ تَل پھوٚلُم
اٰتھی منز ووٚنُکھ نوٗیہٕ شبَس نوٗ بَراتھ مَنگ

تم آسی بیٛہٕ پھُرک آیہٕ پَراں دڑایہٕ اَپارٕی
پرٕژھمکھ تہٕ دوٚپُکھ کُھچھِ رٕیج اوٚرٕ کراں مَنگ

سرٕ ساوِی وَتوَ ژاکھ ژٕ یَتھ راز دانہٕ منز
کیہتہٕ توٚ برٕ کھاہ دِ جوگِہ تہٕ کینژھاہ نیاز منگ

اکھ ساتھ شہُل چھو منّے اکھ وأنس گُذآرٕم
یوٚ دوَے ژنّے چھےَ وٕرثَھے تہٕ بدل کاہہٕ دُعا ژٕ مَنگ

مارچ، ۱۹۹۰ء





تسَ تہِ چھُ شاید میونُے غمَ
اَسمانسَ گیٔہِ بیٚیہِ اُچھ نمَ

چھُپے ژٕرے کُنبر تھب کہٕ ناواں چھُکھ
منے چھُ ماران کُنِرٕک ماتمَ

راتکُ خاباہ پٔرِ یہِ نرٕشُن
زآنِتھ کھونہِ للہٕ نووُم برٕم

یہٕ ہا چھسَ تھُچھمٕژ تھَکھ دِمہٕ ہا
دوٗر ژٕلِتھ منٕتہٕ یاد ییٚتمَ

شامَن شامَن ذگ تیٖزاں
دود رُچھُن تہِ چھُ لوٗٹھ ستمَ

وونی تَمہٕ بڑاَنٛز بہٕ ژھیوٚراوَکھ<br>
ژانٛگہِ ژٕ آکھ نہٕ خٲبی یتمَ

تایہٕ زٕژَے اَن بَرمےٚ اُچھنَ<br>
ییتہٕ لتَ یَیتی نظر سَنیم

جوٗن - ۱۹۹۷ء



## ہٕشار

ہَواوِ سانِہو بَرَو اَژکھنا<br>
گرَس گرَس کُن نظر کرَکھنا<br>
ییتےٚ چھِ پھوٚلِہتی گُلالہٕ بڑاندَن<br>
ژٕ کاَنٛسہِ یوٗرِ چ شیٚچھاہ وَنکھنا



شیٚہلیے یہٕ نظر شیٚہجار وُچھتھ
ریٚہنیے یہٕ تٔسند اَنہار وُچھتھ

دیٚہہ دآر تھوٚےیم دِتھ تہٕ مگر
کیٚہنہٕ توٚگنہٕ مےٚ ژھوٚپ اِظہار وُچھتھ

سریٚہہ اوس بُمَن دگ آسہٕ ننٚز
ہیٚہہ گوس مگر اَش دار وُچھتھ

بیٚہہ پانےٚ زانکھ حال اُچھَن
وۄزِجار تہٕ ٹارِن بار وُچھتھ

ویٚہہ کھیٚنِیہٕ ہے تُمٚ سُند خط پٔری تھے
تیٚہہ پھٹس اُچھوٚ لقرار وُچھتھ

نیٚہہ گٔٹہِ ژوٚل تُمٚ ہُند کوچہٕ دوٚپُن
شیٚہجارہٕ دوٚدُس لوکچار وُچھتھ

اگست - ۱۹۹۸ء





ہے اَسہِ ہا سا روو شہَر
روو شہر سوکھ سوو شہَر

لۆکَو پُرژھ تہُو کتہِ آیو
کاکُد تُل تہٕ بنوو شہَر

تَتہِ اوس وارِن سوسہٕ زۆل
یُس پۆک تمہٕ پرژنوو شہَر

دارِن پیٹھ گیہٕ سایہٕ وَٹھی
دَروازن پیٹھ سوو شہَر

آنگنہٕ آنگنہٕ قبرٕ کھُنتھ
تِمو اَنماہٕ بسوو شہَر

لۆکَن ییلہٕ ہیژ نظرٕ مُنگِتھ
اَدٕ عالم وُچھنوو شہَر

اَسہِ تھَوِ بوہرِن ژٕنہٕ بُری بُری
اَسہِ واپس سومبرو شہَر

نومبر ۱۹۹۷ء





چانہِ شہرُک مِزازہٕ پرٕزنووُم
اَنہٕ پھُٹرُم عکس تہٕ ہٕہنووُم
تیوٗت نزدیکھ سایہٕ شرۄپ سالیس
تیوٗت دۄر بٕرٕ زِ دود للہٕنووُم
چانہِ ژھوپہٕ ہُند وُچھُن چھُ زہر پۄرُت
میانہِ اَسنُک کمال وٕتروومُ
اَتھ مَلالس لگے لوٗگُے نہٕ دِلس
پرٕتھ سوالُک جواب اَزمووُم
یُتھ تہٕ وُری یاہ ڈٕنجی نہٕ کانہہ مۄسٕم
سونتھ روومُ تہٕ ماگ ترٕزوومُ
پرٕتھ قدم یاد، پرٕتھ سڑک چھےٚ کتاب
پرٕون افسانہٕ زمانہٕ پرٕنووُم
یا شہٕن ہُند ژھوکُن تہٕ اۄش نہٕ وُسُن
یا کتھن ہُند زہر ژٕہتھ ترٕووُم

اپریل ۱۹۹۸ء





کرِ مےٚ واپس میانۍ تم مستانہٕ گژھ دزٕوُن مرٕزر
رٔژھ ییٚکیاہ پرٛژٕ لونچہِ کیٚتھ اوٚسمےٚ تہٕ تھکہ ناوُن تھزٕر

ژییٚ دِیوتھم چانہِ آنگنہٕ پوشہِ وٚ تھرُن کرِ مےٚ واو
میٚیےٚ بَرِکی تمۍ یہر دارنٕ بُتھ یھرتھ ووٚن ہکھ نبر

واتہِ نوٚو کتھٕ گوٚر تہٕ وَنہِ مجلوٗسہ منز اکھ پرٛانۍ کتھ
از تہِ ژھیٚنہِ کانہہ موخطہٕ مالاہ داو لگہِ کانہہ جانور

چھم حکم آنۍ پہنٛز تتہٕ یِ یرٔژھاں چھس تی بنٲں
دوٗرِ بون سٔنزٕ س اکس اندر بسو وُم اکھ شہر

ژھاے نظرن ہنز ہیٚژن رژھہ رژھہ مرٕنی ووٚنی اچھ چھم
واے تتھ سو نہارٕی خالس دراو ما از تام ترٔ

ووٚنۍ مرٕزر روٗنہِ گوٚڈ ژٕ گیٚہٕ رینٛز ووٚنۍ تھکھ کوتاہ ژٕکھ
وُچھ ژٕےٚ گوٚےٚ گمہٕ سٔران تٔلہِ بی مان تامتھ ییٚہہ یچھر

دژاو ییٚلہِ ییٚمہِ کوچہ رٕنٛز تس آسی کاتیاہ ٹکھ پتےٚ
ہکی تمٔن ٹگی، موڑ پیٚتھ ییٚمہِ ساتہٕ تمۍ دِژ پوٚت نظر

اپریل - ۱۹۹۸ء





نارچھے نار اَلکھ پَلکھ زاَلکھ
مے ڈَیوِمے کلیٔا ژَ نا ژاَلکھ

میانہ تیٚہ ریشہ! یہ نیاے اُنز رپانَے
سالہ یکھ میون پال ما پاَلکھ

یم رہٖمتو وَرَکھ یہ پرتزِ نتھ میاَنی
پھیرِ والیا! ژَ کتھ سا موٚل کھاَلکھ

نال، دامانہ، دِل، نظر تہ مژَر
اَتھ خزانس یِنا ژہ تھَہ ڈاَلکھ

ژَبڈ ہَنا کرتہ پَر یہ کژَہنہ ہسیار
یُتھنہٖ تمبہ لکھ تہ رنیٚلہِ پیٹھ وانکھ

کُکھ ژٕے پر ژھتے سوال، شہہ دزتے
لج گرزٕ ھکھ سۄدرٕ گرزکھ اُچھن کھاکھ

شامہٕ سُلہٕ ییکھ بُنان چھُ وۄن شیہلیم
زۄہٕ گانِسس مَتَکھ تہٕ اُچھ زالکھ

ژیٚنے خبر چھے ژٕے ییتھ مے کیاہ بنٚزٕ رُم
میٚے کِنکھ سٕرۄگ تہٕ مول ژٕ کَس والکھ



# نٕ شار

لالہٕ روٚیَن لبکھان زۄال گَہے
شالہٕ مارن وُٹنگاں چھٕ شال گَہے
پانہٕ مارِس چھُ واتناواں تَس
چانہٕ ژھۄپہٕ ہُند سۄال گَہے



جوٗگی آدَے تہٕ دراو کیازِ پرٛژھنے
میے یہِ اَتھ اَز تہٕ رٕوٗد وُچھنے

رِکھ چھےٚ رِکھ میانِ کنٕز دِژھتھ شُری پاٹھۍ
لانٛی کاکدُ لیوٚکھُتھ مےٚ تھوٚوتھاپے

کانٛسہِ پرُژھتھا زِ کانٛہہ تُلی پرُسان
لااُبالہ چھُہم، ژےٚ قودرتھ چھے

دردٕ گاماہ رۄچھُے مےٚ پرَدن تَل
ہرَدٕ سونتےَ لگاں چھوکَن چھےٚ پھُلےَ

رَٹھ یہِ ژھینٛزِ ہرِ کتاب ناوکرُس
موٚرٕ پیتہٕ موٗرٕ پے پتاہ پرٛژھنے

تَس چھےٚ تمہٕ ژھایہِ ژھانٛپھ ہشہِ نظرَن
راتہٕ پیٹھٕ چھسُ یہِ خط پرَنے





زأنِتھ لوگُتھ بے پَرواے
سیٚزِ کَتھِ کأتیاہ مانٔے دزٕاے

چانِہ کَلائِچ دَگ لَلہٕ نأوٕ
دارِ پٔٹِس تانٔ کھول قلاے

وُنہٕ چھم خط کیٛہنہٕ پانَس رِٹس
وُنہٕ چھم اَندٕنے لانِز نیٛاے

یہٕ چھُ تصویرٕ تہٕ اَتھ چھا زُو
اَمہٕ کھوتہٕ بٔہتر یَکہٕ وٕنی ژھاے

اَز چھس قدمَن پوشہ ہَراں
اَز چھسَ مالیُن گرٕ ژھنٛج ترٛاے

میٚے ہیٚژ ناپٕچ گیٚنز شیٖرنی
تَس گیہٕ بدٕلے کیاہتاں راے

چیٚشمَن ہندٕ نٕہٕ وانہٕ ٹھٕہَر
یادٕ سمندرٕ توٗی زُوی زاے

جنوری - ۱۹۹۸ء





تَرٛزَر چھُس اَز کَتھَن اَندر
مَرٛزَر لیۆکھُن خَطَن اَندر

دَپاں مۆنزٕی اٲچھ چھُ مۆرٛزراواں
سبزَر ہیۆ چھُس شہَن اَندر

شٔزہٕ نبل قدمو پٮ۪ٲری ژالیَس
رَسے دِلہٕ کِبن حَدَن اَندر

تمُٮ۪س وآنسَٹھ گوساٲنِس وُچھ
شُرِل چھِسَ نا اٲچھَن اَندر

ژَبّے آگَرَ پِچھِرِنہٖ تھَچھ دِڑِیا
ٹُلِتھ نیوٗاَنکھ پَکھَن اَندر

تَلَا یِم پھبِرِنہٖ نُرِی وَٹتَکھ
زَہِر ما چھُپے اَتھَن اَندر

سَرایَن ہشِدی مُسافِر سیّدی
ٹھگِکھ پَنبِن گَرَن اَندر

یِہ نالُک جوہِر زالُن اَتھ
گُنَس بیٹھے تہَن اَندر

جوٗن۔ ۱۹۹۸ء





ژٕےٚ کرٕ آسی موکَل بوزو
مےٚ چھا ہرٕصتھ بہٕ پژارٕے تھوَ
یہِ کیاہ چھُم منز اَتھَس لیکھتھ
باللہ چھُہو کانہہ پرٕتھ دِی توَ

ڈٕکَس اورٕے مرٕتھ تھووٕکھ
یہٕ چھا کاکُد وٕ تھو زالوَ
یمَن جامَن چھُہ کو ہے کوس
دٕیاں چھُم گرٕٹھ یِمٕے پھالوَ

سو بوٚنِن ژھایہٕ لٕرِ چھےٚ نا
سو چھےٚ وُچھِٕ زٕلرِ زالوَ
ینا یم خاب ہانَن وونی
پٔینک اَکھ تہُ وٕ زُم اٚنتوَ

اَتھَن کیتھ پوشہِ پھٕتی اٚسکھ
مزارو کِنہ بٔیکھ وٕنی دوَ

جولائی، ۱۹۹۸ء





میٲنس شہرس بدلے شاناہ
اکہِ بٔسۍتیہِ پتہٕ اکھ وٲراناہ

راتھ لرِبن منز بأژ وُچھے یمَ
تیٚنہٕ زن گوو ییٚژکال زمُاناہ

اَسہٕ وُن بُتھ ہٕہناوِتھ دوٚیہم
أچھ دِ کڈِتھ بٕلی روزِ پچھاناہ

واوِچہِ مأتھرِ گاش وٕلٕٹی گوو
اَمہِ اَنمانہٕ تہٕ آو طوٗفاناہ

لول، حُسن، رنگ، ہٕسٔری تی سوری
بسَ تھبکہٕ ناوُن کیٚنٛت اَفساناہ

یوٚت یتھ لُکھ آسی یاوُن چھاواں
أز تصویراہ، خبراہ، بیاناہ

جولائی، ۱۹۹۸ء





سو کتھ آس نارٕ بڑٕ بیہہ بوزم تہٕ شیہلاوم مے تاباہ اوس
تمیک کرٕ یچھ کھٹتھ تھاوُن، اندرٕ ژالُن عذاباہ اوس
دوپُن "سینس منٛے چھے وسعتھ، ژوس وولہٕ وس ژھیتھ تھاوتھ"
سیاہ اوسا سبز اوسا امہ پوز اکھ سراباہ اوس
بہٕ آسس شوقہٕ گرٕ دراہژ، مے اوسا پےٚ قدم راوُن
سہٕ مالنٛی گام، آنگن بر، خودائیس پتھ سہٕ خاباہ اوس
تلا متہٕ ترٛاو شُری لاژی، یہٕ نا چھنہٕ وانٛس گژھاوُن ہنز
اندان آسی نیاے لوکچارس، سوالس منز جواباہ اوس
مُتھ ییہ ہے تہٕ لکہٕ ہندن بَرن تل پان ترٛاوان اوس
منگاں اوس تی یہ خوش ییہ ہس دلاہ اوس اکھ خراباہ اوس
سیاہ حبشی غولامن ہند سورخ رتھ موتھ تموٚ ڈیڈن
متس ژٕنٛی ڈلی لگو دوٚہس "ژنےٚ نش کیتھ تام آباہ اوس"
ژمتہٕ دیہارٕ آیوہم کرٕتھ بانبر ژوٚلکھ پرٕژھنے
ڈوٚلکھ نظرو ادےٚ ژیوتُم مے باغس اکھ گولاباہ اوس

جولائی - ۱۹۹۸ء





اَکھ مٕتۍ وۄن لوٚتہٕ اَفتابہٕ زٕژن
یِنہٕ گٔژھہٕ اَز گاشُس لاگہٕ کھٔن

زۄرن پیٹھہٕ تہٕر پھٹا ژانگِن
دَربار ٹلہِتھ چھُو آسیِن

یِنہٕ تم کاہہٕ پوٚت آلوَ بوزَن
کھٕی تام مُشکھ اَز پرٲنی سوٚخن

کھہٕ کھتھ کرۄن اَشہٕ پھرِ وُستن
یہٕ چھُ اَندریُم سِر تھوٗاورمہٕ سَن

سُلہِ صُبحاے آلوَ گام کَنَن
وۄتھ واوَن چھُکھنے پوٚش وٕتن

تھہٕ وارِ تہٕ اَز دراہتی آسَن
برٕیڈی مُشکہٕ تھٔرن یِہٕنکی بامَن

یِم بَرٕگے تم گُل چھُکھ واوَن
سَرتازٕ مزارَن رازٕ بَنَن

اگست - ۱۹۹۸ء





تمِس نظرن اَندر کوتاہ زَہر اوس
قہر ہیوٚ ہا؟ سُہ سرتاپا قہر اوس

وُنھن کمُجار کرہے پوش پھولہٕ مَن
سُہ زیٖوٕ پیٹھ کنڈی رٔچھتھ پھیراں مگر اوس

مےٚ پڑز تھمس "خاب وُچھمُت چھُے زٔنے کیٚتھ ہیوٚ"
دوٚپُن اَتھ موٚر ہم، تیوٚہم زٔبر اوس

نہٕ پھیرِچ پرٛتھ نہٕ لسہٕ نک کانہہ بہانہ
اُمس موصوٗم شرٕس لاٚرِنس یہ وَر اوس

اَچھو ووٚتھ؟ یتھ سُہ وُچھہے ناو کرہَس
اَندری کیاہ تام ژھیوٚن زہر یا جگر اوس

وُزھا یوٚت زوٚنہٕ للہ کُن پان اوسُس
مےٚ پانس ستی وُزناوُن شہر اوس

جولائی - ۱۹۹۸ء





ازتہِ منے باسیوو حاران حاران
ازتہِ کمیک تاں چھس پھیران
تس آس نظرن بدلے ماہھر
لوتہِ لوتہِ اوس کیاہتام پران
اُسو آسی شُری پہرن پیاَرِتھ
فِکرِ تروہِ کتھ بوزان
آوِر واہرِ مس اُچھ دزوہِ
نالُک سرُچھ تہِ ژُندر نہچکان
آلَو دِتیمس دو تراُون ژوٗل
ؤنہِ اوس کتامتھ کھوژان
کاکد ڈیر ژوٹن پیتہِ زولُن
شاید اوس سُہ خط لیکھان
تکہِ سا پرژھتس تکہِ سا ؤنئے
وانجہِ منز چھےوتھ لگہِ وان

اگست - ۱۹۹۸ء





میٔنۍ کوٗرِ پانَس پٲراو
ژٕتہِ تَے یِکھ اَدٕ روزی گژھاو
ٹارِن تَل پھیوٗرُے کرٕ ہٮ۪نشیار
تھوٚ وونۍ راتھ کَتھ مُشراو

بُتھِ روٚستے اَکھ چھوکہٕ لد پان
زانہِ خودا کیاہ اوسُس ناو
لوٚت لوٚت پکہٕ نکُ عادتھ چھُس
پَے ما تھوٚوٕنم پٔرژھنَے دژاو

رَتہٕ لیوٚکھمُت خط سوزیومَس
دوٚپنم وونۍ شُری لاًزی ترٛاو
تَس چھُنہٕ یاد تہٕ بہٕ وَہٕنس
مےٚ چھُ وُنہِ یاوہٕ ژھٔٹہِ شُدچاو

کَتھ کَتھِ مُنزٕ چھُم وَتہِ ڈالان
پرٛانہِ زمانکُ آدم کھاو

اکتوبر، ۱۹۹۸ء





کُتھ آس ہو توے مانے بوزتھ رۄدنہٕ دوٚشوٚنی پانس تام
کُڈر سفر کوٚڈ چاکھ یُتھےٚ دیُت نالہٕ پیٚٹھن دامانس تام

اَچھوے اَچھوے کوٚرکھ اِشارٕ تہٕ ہَنگہٕ مَنگہٕ دارِتھ بَرٕ تَرٕ وٕپرکھ
سٕرکھ قیامتھ اَندری اَندری اَش ٹُکہٕ پیٚٹھٕ ارمانس تام

شُری گیُندناو ہیوٚ کورُن تہٕ زلہٕ ہوک لاٚیتھ دراو تھوٚوُن مایے
داغ پرٛزٕ لہٕ وٕنی جرٛی جرٛی تھاوِن جسمہٕ پیٚٹھن یتھ جانس تام

خاب وٕنوساکِنہٕ بیدآری، تِمہٕ اَچھ بیٚیہ شاہ پاٚژُن اول
یکھ چھِہ دِژٕ لنس تیمبرٕ پھٕلے نٕئے حرفو پیٚٹھٕ حارانس تام

پھژ بکہٕ وٕنی پھژ بکہٕ وٕنی اَندرِ ماوس میٚتہٕ ماٹگی دَفناوِنی بوز
وُنہٕ تہٕ اُویزاں آسہٕ دُعا کانہہ زیٚوِ پیٚٹھٕ ہُتھ اَسمانس تام

یم لُکھ یم تہٕ چھِ پٔننی ساری، وۄنۍ گووِ یمن ماشوبہٕ وَنُن
اَسہٕ پیٚیی کَم کَم فاصلی ترٛاوِنی روشنہٕ پیٚٹھٕ یارانس تام

اکتوبر، ۱۹۹۸ء





لۆت پائٹھی کاژاہ ڈگ للہٕ وکھ، اَز دادی ژٕ اَندرِم ہاوکھنا
یِم کھنڈی پھٹی شیشہٕ دِنے سَنٛز چھوکھ یِم شیشہٕ ژٕ ووٚنی پھُٹراوکھنا

بَرآسِکھ وُتھی تہٕ سو ژایہٕ سیوٚدُے، مأتھرٕ ہُرژ کُتھِ کُتھِ پھیر مگر
تَمہٕ بَنجرِ چیہٕ ژٕرِ ووٚن بوٚلی کرِتھ، یِم ہتہٕ رنٛگی بٕتھی پرٕژنٕ ناوکھنا

تَتھ راتَس کائیتاہ خاب وُچھتھ، ژھایَن زَن آسِکھ پیتہٕ لاران
پھوکھ لائتھ یِمے اَدٕ ہوشہٕ اَنِکھ، تَس مٔتی سِشرٕ کتھ اَزٕ ماوکھنا

کانٛہہ ساتھ شُہُل کریاد تہٕ اَس، یِم مأیہِ چھِ ژٕلہٕ وٕنی زالبومٚنٛزٕ
اَکی شُری ہیوٚت یاوُن تھکہٕ ناوُن، اَکِ نظرِ نظر شیٚہلاوکھنا

نَہ چھُ ہانٛزٕرے کانٛہہ اَتھ ناوِلمان، نَہ چھُ واوٕ طُفانُک خوٗف یِمَن
پٔریَن ہندی نغمہٕ تہٕ اَپزی چھی، بٕٹھِ سٕے پیٹھ کینٛہہ پرٕناوکھنا

رنٛگہٕ مٔنٛزی کُتٕ زٕتی بازٕر درائکھ، لُکھ آسی اَنگہٕ اَنگہٕ ژیٚنیٚ تولان
اَکی کُنہٕ تہٕ اَکی ہیٚتٕرنکھ پرٕژھنے، یٔتھ شُری لازی ووٚنی تراوکھنا





جِسمُک سَراب سَرتا
رُوٗحُک عذاب زَرتا

لفظن گِندُن چھُ سہلے
مانے کِھتن زِ کرتا

ہیٚتمہو گرہو سُوتھ وُڈھ
کھتھ کھتھ کران مَرتا

بَند اُچھ چھےٚ خاب وُناں
فند بازِ اُچھ مُژرتا

میٚے کُن وُچھاں تھکگھ ما
بٔنیہِ کانہہ کتاب پَرتا

چھےٚ ترٛیش پرٛانہِ وقیح
نظرن نظارٕ بَرتا

نومبر ۱۹۹۸ء





وَتہٕ وَتہٕ پھیرتھ تہٕ بہٕ ییٚلہٕ لبُتھ
مَتہٕ وَنتم پَتہٕ کَتہٕ ژھانڈتھ
کیہنہ خاب تہٕ کیہنہ دزِوٕنی ہوس
یہٕ چھےٚ یاوٕن مرٕث ہنز کُل ارزتھ

کَمہٕ شوقہٕ گَنجَم روٕہہٕ دامانَس
شروٕنی بوٗزِتھ دوٚپتھم ارٕماوتھ
یم خلوٚکھ خانہٕ چھہٕ ازتہٕ ژھری
درویشہٕ یتم لولہٕ للہناوتھ

یہٕ چھےٚ خانہٕ بدوشن ہنز بٔستی
نَنہٕ وانہٕ بہٕ پانس سمہٕ کھاوتھ
وولہٕ بالو کھس، وولہٕ مرگو تر
یِچھ امرہتھ ناگس تام نِمتھ

وَتہٕ پیٹھ چھُ گوسٲنیاہ ازتہٕ بِہتھ
رِکھ اتھہٕ چہٕ پرِتھ چھُ وُچھان قسمتھ

دسمبر ۱۹۹۸





سَرشاےَ ترٛوٚپرِتھ دارِتہٕ بَر
وُچھ زوٗن پھٕٹے کھرٛشِر نیر نٕبَر
اکھ راتھ رٕشہج مُنجمَس تہٕ دوٚپُن
ژیپے ژیر کوٚرُتھ پھولہٕ ووُن چھُ سحر

اَتھ لبہٕ چھےٚ پریتھ کانٛہہ کتھ لیکھتھ
مَنگ گاشہٕ موٚٹھا اکھ کانٛسہٕ تہٕ پرُ
یینہٕ مییٚ گرٛشہِ زوٗل تہٕ سُہ نیرِ سیوٚدُے
اَمہٕ خوفہٕ تھوٚوُم ووٚتھ آنگن بَر

اَتھ گوٚپھہِ منز اُژنُک شوق گوٚیا
اَتہٕ چھی منٛزٕ نیران بُڈٕ اجدر
یم ژھونگہٕ تٕلی زالِتھ، زانکھ کیٛہ
کتہٕ کتہٕ ڈٕدی جانا وارن پرَ

لٕلہٕ رووٕ تہٕ راوٗن تیوٚل اوُسُس
کلہٕ لگے مٕنے رٕگہٕ رٕگہٕ پھیوٚر زٕہر

جنوری - ۱۹۹۹ء





رُود شرانہو مُنز اکھ تاپہٕ ٹیوکاہ
ییتہٕ سنٛلہِ نٕنیچ آوارٕ گِیاہ

اَختابَس رٕٹہٕ ہے ہَلمَس منز
شرُی پاٹھی مَتیومُت اوٚبرٕ لوٚنگاہ

کشکول پھٹے وُچھ چھوکہٕ لَد چھُپکھ
دلہٕ میانہٕ مُسافِر دَب لوٚگیا

تَتھ ناگَس پیٹھ رٕینہٕ تریش چھیہم
تَتھ پٔتھے مُنز آسان آب سیاہ

میٚنے ڈالہِ ہیومَس پوشہٕ ہَلمَ
گرشہ پرزٕ ہتسَ نظرٕ تُلتھ وُچھنا

اَتھ ڈیڈٕ اُزِتھ یا دَرِ یا مَرَ
آسُن تہٕ گوٚڑھا کانہہ دیوانَاہ

ژیٚتے کاکد وَرقن نیٛلے لیٛکھتھ
حرفن ہندی اَندرِ مُچھوکھ وُچھتھا

جنوری۔ ۱۹۹۵ء





سایہِ چھُ پتہٕ پتہٕ تھَچھ چھا ترٛاوان<br>
ہتہِ لارے یِسَ یِتہِ چھُ دَوان<br>
تاپَن دۄیِمَ کُنہٕ زٕنی سمَسکھُم<br>
سایہِ مَنزٕس اوسُم بوزان<br>
تراوَن تیٚلہِ چھُم زُو تہِ مےٚ ترٛاوُن<br>
راوِم پانہٕ تہِ چھَس راوان<br>
اُشہِ ٹُکہٕ آے تہٕ شاہ گو وگوٚب ہیوٚ<br>
کیاہتام اَندری اوس پھُٹان<br>
پرٛدَن ووٚل تُمہٕ پان مےٚ تھوٚمِس<br>
دارِ نیٚبرٕ اُچھ آویزان<br>
خاب خبَر ہتہٕ تیٚلہِ آسیے یمَ<br>
ژھایَن اٰسٕس پَتہٕ لاران<br>
سایہِ چھُ کُنہِ وَتہ تہِ مےٚ ہاوان<br>
کیہنہ شکلہٕ چھُ یِتہ پرٛبرٛناوان







دارِ نیٚبرٕ کَنہٕ آلَو دِتی نَس
کوٚسہٕ تام دَزٕوٕنی شیٚچھ اُنی نَس
دراےٚ بہارُک موٚسم چھاوَنہٕ
ہاوَنہٕ تَس چُھ قرار دِلَس

کوٚت وَنیوٚمَس یہِ ہا چھےٚ شرُوٗنہٕ
تَس آس ہال پوٚژاگِندلَس
صُبحکِ واوچ گرٕاے بُنہٕ تیٚج
لُکھ آسی ڈٕدی مَتی بُتھ درٕالیٚس

یہِ چھےٚ سِرٕ ساوی تہٕ پرٕماکائنسی
مأہرٕ چھَس قدمَس قدمَس
اَز چھےٚ کُنی زٕنی ییٚنہٕ کیٚنہہٕ وَنہَس
دلوٕ اَز راتَس موٚس نیرٕ ہس

تارکھ، زوٗن تہٕ سِرٕی یہِ دِرٕ یمَس
یہِ چھےٚ تمبہ ہیمہٕ راتھ گرٕ ہس

جنوری۔ ۱۹۹۹ء





اَہ وُچھتا ژہ ما کھوُژکھ
کائنسہِ وَن تا ژہ ما کھوُژکھ

سینہٕ بُچھ یا سیاہ سرفَن
تیٚ ژے وُچھتا ژہ ما کھوُژکھ

اَز ژہ پانس منے سَمکھوُکھ
اَز وَنتھنا ژہ ما کھوُژکھ

قطرٕ قطرے بہٕ وبگہ لے ییس
وَن ژے وُچھتا ژہ ما کھوُژکھ

مینے چھہِ نیتھہ ننہٕ حرف لیکھتھ
یم تہٕ پٔری تھا ژہ ما کھوُژکھ

اَز ہٹس میانہِ تاوِیزگ
پَن سینٔو یا ژہ ما کھوُژکھ

کیاہ وُچھتھ کٔتھ کلیمہٕ چھے
اُچھ مُژرتا ژہ ما کھوُژکھ

فروری - ۱۹۹۹ء





رۄشِتھ زمانہٕ آسِن
کانُہہ نوٚو بہانہٕ آسِن
مےٚ چھُ رَہ تہٕ تی چھُ مُجراہ
لیکھِتھ بیانہٕ آسِن

خط ژاٗلۍ ناہٕ ژٕ وَنتَس
کینژھاہ نِشانہٕ آسِن
ہتہٕ رٕنگو ترانہٕ لیکھس
ستہٕ رٕنگو فسانہٕ آسِن

تراوُن شہَر بہٕ مانَس
حبہٕ ہوشہِ پانہٕ آسِن
ناوَس مےٚ داوٕ راوِن
تتھ سوٚمب تہٕ بانہٕ آسِن

دِیہ جۆنٹھ پآز لاگِتھ
مےٚ مِہےٚ گُمانہٕ آسِن

فروری - ۱۹۹۹ء





تِم آسۍ تیز قدم ٹِکۍ توَے زمانٕس سٕتۍ
اُسی لحاظہٕ رٕچھاں آسۍ بٕلۍ جہانٕس سٕتۍ

سوال اوس وُٹھن ہیٹھ تِمَس ذراں تہٕ پرٕژھن
سیاہ چھِ کیاز اَچھر شوقہٕ کس بیانٕس سٕتۍ

ملالہٕ گوٚو ژٕ نے کمیک وَسنہٕ کیاہ دِیَس ژٕ نے لوگُے
منے نا رلاوِ اَچھی چانِس آسمانٕس سٕتۍ

اَنداز اوس منے رٕژھ کھنڈ لِقیٖن گوم یوٚوے
ژٕ نے چھُے نہٕ ازتہٕ پسند میون ناوپانٕس سٕتۍ

یہ اوس اَزلہٕ لیکھتھ فِتنہٕ گوٚر سیٹھاہ ہُشیار
بچارِس ہانٔژھ کُمِس آیہ کٔنہٕ دانٕس سٕتۍ

تِم آیہ دِیارہٕ ہِم ہیتھ کُنُھ خبر کیاہ کیاہ
منے وُچھ زمانہٕ رٕلتھ بازرس تہٕ وانٕس سٕتۍ

سو سرپھ گو پھٹہ تہٕ سوٚ ماتھر مشیم نہٕ از تہٕ توٚے
منے یم تماشہٕ گنڈتھ تھوٚوی زوٚس تہٕ جانٕس سٕتۍ

فروری - ۱۹۹۹ء





وُنہِ چھس نظرن منز کینہہ خاب
وُنہِ چھُس ژاُلن کُڈُر عذاب
اَز اوُسس باوُن کیاہتام
نالس لوگُن سیاہ گولاب
زول دِتس اُچھن وُچھتس
سنرو منز ما لبکھ جواب
لرِ بیوٗٹھس لرِ آہونس
ناو پتاہ صحراوی سراب
وانج آسس ڈُبہ پھیران
کھڈِ ہے! کوتاہ کرِ ہے تاب
ترٛیش ہمیس شہلِتھ شونج
اونگجن تامتھ ووٗتس آب
گژاون کرِہس ڈیرٕ چھُس
ہتہ گوٚر لاگِس کتھن حِساب

فروری ۱۹۹۹ء





رٔیہہ تہٕ چھاوٕنی ڈیٹھک نہٕ پیٚ تہٕ لگُن
عاشقی بایہِ سپز نارٕ دَزُن

تمیٚ بَرِثا تُلرِ بیٚنِس آسہِ موتےٚ
زانہِ کیاہ لانہِ لیٚکھتھ چھُس یہِ تَچھُن

شیشہِ پھُٹہٕ سا ینا بازٕری نیرہم
کُھ چھہِ باپارٔی تمن گوٚژھنہٕ ننُم

میٚنے گیتُدس نیٚندرِ بۂ کتھی خاب دِمَس
میانہِ اَسمانہٕ ہیہ اَفتابہٕ کھسُن

اکھ پہَر گرٛزھ مےٚ محَل جانہٕ میوٚلَس
چانہِ دروازٕ اَژِتھ ہیوٚت مےٚ تھکُن

کیاہ سُہ ہاٹیوٚوِ مۄنگُن تاپھ ٹُکن
شانٛدِ پھِرتَن ووٚل ژمِس آسہِ مَرُن

یِم کرٛزلی جامہٕ تھَوٗکھ وارٕ یِمَن
موٗسمہٕ کرِ تاوِ یِہِ رنٛگ گوٚژھنہٕ چھِتَن

اکھ زلیخا سو تہٕ پیٚتنس مِصرس
لَسَ تہٕ کاتھہ یوٗسفنہٕ اَہنارٕ کَبُن

مارچ - ۱۹۹۹



---

مرحوم قاضی صابنہٕ اکہِ مِصرکِس طرحس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت غ.ل



زۄنہِ تہٕ اَختابَس تھی آکھ ہٕ اَنہٕ گٹہٕ آکھ
پۆت دروازس ہا نکل آس ژٕ والیس دراکھ

چانہِ سرایہٕ کرِم گتھ نیبری پرٛتھ کرِ کھا
زانہٕ خودا پتہٕ کیازِ ژھٹم اَدٕ اَندری باکھ

پرانہٕ مندورِ تہٕ پھچہٕ ہرٛشہٕ ڈیڈ ژٕ کھوژکھ ما
ختمہٕ کُٹھس اوس اَڈٕ وۄتھ بَرادٕ پرٛژھنے ژاکھ

لَرِ رۄزِتھ گوڈٕ گلہٕ زبو کرِتھَم مآتھرِ دِتھ
پتہٕ سرِ پازری ہاوٕنی کَڈتھس ژہانڈِتھ گرٛاکھ

سُتھنہٕ ژٕ حرفن وُرُن تُلکھ رتہٕ سٕری پیدکھ
عَبہٕ ہُند لولہٕ وژن آسی یا لَلہٕ ہُند واکھ

وُٹھہٕ کُمجارُک سرِ چھُنہٕ خالی یہٕ فِتنہٕ کرِی
سوٗرٕ پرٛتھ دِس بھوکھ نتہٕ لاگُس رژہِ ہِن بیاکھ

داماہِ ئیٚج کتھ کرِن مٕے دۄپ یہٕ چھِ سادٕ پرژُھن
نالس سوُرُم شہہ رگہٕ تامتھ اوسُم چاکھ

اپریل۔ ۱۹۹۹ء





پَے چھُم اَز تہٕ کَرکھ میٚے گرٛاو
بَرٛہے ژاکھ تہٕ وُٹھ کمُلاو

یِم چھی ہَردٕکی زرٕد گولاب
چھاوَکھ نَے گرٛٹھ لٕتہٕ وَتھراو

وَنہٕ نَے چھُ وَنان اَندرِم کتھ
لَش چھُ رِمزازَس منز ٹھہراو

رَتہٕ گُلی کینہٕ اَشی قطرٕ چیٚین
کوتاہ کوٚرمَس دوداہ باو

بالہٕ تھٔزری اَستانُک بَر
کھسہٕ وُن راٗوم کُنزِ یَنہٕ داو

کاٗژاہ شکلہٕ ژٕ بدلاوَکھ
تَلہٕ با اَز وَن اصلی ناو

مارچ - ۱۹۹۹ء





تارکھ نَبہٕ منٛزٕ ژھونڈُم اَز تہٕ زوٗنہٕ ووٚتُم
سینہٕ کِہ داغ ژٕ پربزٕنٛ ہیچھ وولہٕ سینہٕ وُچھُم
اَکہِ اَکہِ داوِ بہٕ اَلبسہٕ آیس زایس نوٚ
توسہٕ تہٕ ریشم کورٕ چھسے وولہٕ مولہٕ ناوُم
ہی تھٕر لاجم آنگنَ منٛز خوشبوے ژھٹٕنٕ
پان وٕلتھ تھٕہ اَتہٕ گیٹہِ منٛزٕ شہمار کھوٚتُم
ہُتھ آسنَ منٛز پان وُچھن پوٚک دراوسیوٚدُے
وُتھ وُن، بیٚہہ وُن اُمی آنَ کیا ہتام ووٚتُم
ستہٕ رنگی مانہٕ چھِ اَتھ کتھِ دوٚیمَ اُچھ مُنژٕکھ
ترچھٹُم ہیلہِ اُندری حـرفو اُسٕن ہیوٚتُم
نالَس اوسُم ہیلس پھیرنس تلہٕ چھاوِتھ
پرٛانس پلوس وٕلتھ چھُ بیہہِ اَز نالی گوژھم
رَسہٕ رَسہٕ آپری نَم تمی دزٕوٕنی اَچھ رتہٕ ژوٚل
واوس لاگم پوش، پوتٕل رتہٕ دارٕ چھوٚلُم

مارچ۔ ۱۹۹۹ء





میانین راژن ہندی آزار تھکنہٕ لایکھ

یاگوو فرصتھ آسی یکھ یمِ حال وُچھکھ

یتھی ژھل کرنچ ہالے آسی ژین سنبل

نار ژھٹکھ ژٕرتہٕ کُنہٕ دوہہ پانے سۅری گرژھکھ

زوٗنہٕ گیشُرن کمہٕ شوقہٕ مےٚ دوٚمپِس دِل نیوتھم

میانی سبزہٕ پرژٕ لوٗتھ ہیہ پیٹھ اَفتابہٕ ہنکھ

آکھ مےٚ ترٛاوِے وانج وُرژھ کمہ لولہٕ مَتیا

دراکھ مےٚ اوسا داوا پرژھنس کیا زُگرچھکھ

نظرن منز چھی کم ژھل بیران زانہٕ خودا

کٕہندبو وانو پھیرکھ کتہٕ نس کیاہ ژٕ کنکھ

سارٕی سازِ کرِتھ چھکھ پھیران وارٕ چھکھا

یُتھنہٕ ژےٚ وتہِ کانہہ بیٚیہِ سمکھی اَز یُتھنہٕ مرکھ

اَتھ منز روزِتھ واش کڈکھ کتہِ، نیرکھ کوٚت

پرژھنے کرنے ژکر وہس منز ہینہٕ آیکھ





راوِتھ لوٚبُم تہٕ لُبِتھ روٗوُم، چھوٗوُم أندری درد بہار
ژھایوَ تٕتین پان سجوٗوُم، چھوٗوُم أندری درد بہار
بسیاہ سمندراوس منٚے زانِتھ ووٗٹھ لاٰیِم تتہٕ کیاہ کیاہ گوم
سوہناٰری سَرفو بُتھ لوٗٹہٕ پیہ توٗوُم، چھوٗوُم أندری درد بہار
تَس آس ماہراَتھ گلہٕ ناوِتھ کوٚرُن اشارٕ بہٕ راٰوِس یَس
کَنِتھ تام وَتہٕ پیٹھ روٗنہٕ گوڈ روٗوُم، چھوٗوُم أندری درد بہار
یَیتھی شہرس منز بیٚیہ سمکھُم اَز، دوٚنِم ووٗلہٕ یِکھ پھیر منٚے ستیٚ
منز وَتہٕ اَدٕ تمی اَتھ یَلہٕ ترٛاوُوم، چھوٗوُم أندری درد بہار
نظرَن منز آسی کینہہ گُلٕ پھولہٕ نَے وُنہٕ اوس باغس نٔیندرٕ خُمار
کالہٕ طُفانَس مُے سِر بوٗوُم، چھوٗوُم أندری درد بہار
بہٕ تہٕ ماٰہسس داوادار تہٕ تَس تہٕ وَنیو واکانسہٕ مَنتُن
واوِس اَتھ تمی آلوَ دیوٗوُم، چھوٗوُم أندری درد بہار



اپریل۔ ۱۹۹۹ء



دردٕ سمندرٕ لہرٕ چھےٚ وولان
کٔتھ تام ناوِ چھُ واو لٔمان

پٔزبرٕ لَن ترٕ ووُتھ کرٕ یہنےٚ مژٕ چھکھ
زٕون چھکھے چھےُ گرٕ ہُن لگان

سونٕہری گُڈٕ نہٕ چھِ روٕ نہٕ لاگِتھ لُکھ
وانَن پیٹھ وُنہٕ کہنہٕ کڈان

ژٕھل کوٚر کٔمۍ تاتی مَل پیٚو شیشس
ساٚری رَنگ چھُم کرٕ یہناوان

اَتھ، اُچھ، وُٹھ تہٕ مَژٕ رمشراویا
پھِری پھِری سبق چھےٚ یاد کران

میأنِس برَس چھِ روتلہِ تٔمۍ سٕندی
شروٕنہٕ دار آنَو ألراوان

اَنہٕ گٹہٕ منٕز چھی ڈلکۍ مَلرٕ وُچھ
ووسہٕ یتھ سونٕہری گاڈِ گِندان



اپریل۔ ۱۹۹۹ء



یُہُس تہٕ روٚٹمُکھ مَتیوٗ ژٕ دالَس
مےٚ گوو وُنیُب وَہی پیٚئس تہٕ پالَس
وِٹاں وَٹاں اوٚن مےٚ پان لوٚسٕس
ژےٚ کیا با وُہرتھ یہٕ وان والَس
یہٕ گوچھ بسآوِتھ رٕہتھ بہٕ آٔسس
مےٚ اوسہٕ موٚنگمُت مَرژَر خوَدالَس
دِتِن تہٕ آلَو کھوٚٹُن تہٕ بُتھ مُنٛزِ
اَوَے بہٕ رَژھِ رَژھِ مولِس تہٕ زالَس
سُہ مالہٕ موٚت چھُم دَلِس یہٕ بروٚنہہ کُن
وُچھَکھ چھےٚ رٕٹہہ کرٕتھ اَمارٕ سالَس
مےٚ وُچھ سُہ تیٚہ رلوٚش اَوارٕ پھیران
تمُس تہٕ اَژھِ رَژھ کھٔژآیہٕ نادَس
سو وَتھ ژٕنگِتھ آٔس مےٚ تُلٕ قدم کیٚہنہ
پھُٹِتھ تہٕ لوٚسِتھ بہٕ تورٕ آیَس





یَیلہِ اَختابہٕ چھُ دوٕہلہِ وُہان
میاَینس روٗنگس چھےٚ زِتنہٕ ووتھان

میون یہِ روٗنگ چھےٚ سیٖرِ ل شرُ
نالچہِ تنَہٕ ہندی یَن چھُ ژٕکَٹان

دوٕلہٕ اَتھ لاگی وٕبگلاوی
کَتھ چھُکھ لُکہٕ پامَن کھوڑان

شہَ رَگہِ تھوٗنَس رِیٚہہ لیکھِتھ
صُبحکہِ واوِ تہِ چھَنہٕ شیٖہلان

شاہرٕ پہٕرک جود پھوٗرُس
ووٗنۍ چھےٚ اَستانَن پھیران

اُنَن دوٚہَن تھوٚ یہِ گُڈِتھ
پہَہ اوٚنمُت وَس چھےٚ نہٕ سَجان

بالہِ اَپارِ چھُ کتہِ تام روزان
منزۍ چھُم دَزٕہنہِ شیٖشِہِ سوزان

کوٗت وٚنیومکھ ڈٕپِزیوٗ "یہِ چھنہٕ"
بَرٕھتُس بوٗزِتھ چھیس ولسران

اَنہٕ گٹہٕ منز چھُم ہَنہِ ہَنہِ تیلان
تازٕ چھُ چھوکھ وٗنہِ چھُمنہٕ بلان

اپریل، ۱۹۹۹ء





دوژہ دوژہ چھکھ پلہٕ ناواں نار
چھکھ کمہٕ ملکُک سوداگار

ستھ اٰسِم ییٚتی آسکھ یِکھ
آکھہٕ ریٖہہ موٚت آو بہار

منز وَتہِ دوٚیچھم اَتھ مزٕرس
چھُس بہ کُنےٚ زوٚن داوا دار

دَشہِ دار پوٚژ پیھرِم کرٕژ تہٕ
برٕدِتھ چھوٗم بیٚنہِ لوکچار

سیاہ پَکنَس چھےٚ تارِتھ لاگ
سَتن گولابَن ہنٛد نوٚو ہار

بوٗلی کرٕن ہیہ تھٕر زاجِن
لنجہِ ییٚلہٕ بیوٚٹھ سُہ جاناوار







مےٚ ہا ژھوٚٹ عشقُن نارِ باللّٰہ
بہٕ تہٕ چھُس ناما وار باللّٰہ
بونہٕ شُہُل تھپکہٕ ناوُن بُلی
برٛ مجہٕ چھُ یَنٛن قرار باللّٰہ
زٲج سولُر کھُتہٕ مُشکہٕ بُلر
تتھ اوس ژَندہٕ نک دار باللّٰہ
پالنَس آس سو بوسہٕ کران
اُز نا چھُس نہٕ قرار باللّٰہ
اُچھ زہٕ ٹوپٲ زبو زھر بٔرِتھ
سُہ تہٕ اوس اکھ شہمار باللّٰہ
اکہِ اکہِ پہر سو مٲرِن پوٚز
ناوُس کھوٚتُس نہٕ مار باللّٰہ
کیاہ کیاہ لوگُن داوس تھچ
اَز چھُس ٹارِن بار باللّٰہ



۲۸ ؍ اپریل ۔ ۱۹۹۹ء



شکلہٕ سجاوِتھ تھوٚون ژھٕ پاری
سُہ چھُ احساسن ہُند باپاری
سُہ تہٕ اوس نالچہٕ مالہٕ کھنان
تمۍ تہٕ بہ کڈلس منٛزی بازاری

گندوٕنہٕ ہرنہٕ ژٕ پھیرِتہٕ پوٚت
جنگلن کُن کھٕژ پراٚنۍ شکاری
ژٕ سُہ ڈیر چھِ شاہد وُچھ
سُلہِ صُبحٕچ یِنہٕ دڑاے بنجاری

ریشمی دامانس وُچھ مَس
تازٕ سبزٕ کنٛڈۍ آسس لاری
تمۍ کوٚر گیٛندناہ پانس دراو
چارسوین پٹھ مے کھٕژ باری

مَسولہِ لوگُکھ سیاہ پوشاکھ
تمۍ انہارن کاتیاہ ماری





خاب خبَر ہیتھ آو مےٚ وُچھ
کُستاں آنگنَ ژاو مےٚ وُچھ
پوشہِ ہَلَم ہیتھ بُتھہِ دژالیَس
بیٚیہِ اوُسس اَز چاو مےٚ وُچھ
کانٛہہ ژھیٚنٹ یارٔ ی آبہِ گگمرٕ
برٛہ پیٹھہِ والیَس دژاو مےٚ وُچھ
بالہِ تھنگبو پیٹھےٚ اوٚبرس لیوٚکھ
وُزٕلہِ تمُ سُند ناو مےٚ وُچھ
وَتہِ لُکھ اَسہم وَتھ ھاوان
تَس آو اَتھہِ نوٚو داو مےٚ وُچھ
آلوَ دِتٕ مسَ تمُ دئیُت گوٚش
میانی برٛہ پیٹھےٚ دژاو مےٚ وُچھ
دَزٕوٕنی سبکھ چھَس نَظرَن منٛز
پھوٚرمُت چھُس صحراو مےٚ وُچھ

مئی ۔ ۱۹۹۹ء





ڈَیکھ ژٕ نظرو تہٕ خاب سَپدَکھ
وُچھکھ اٚچھن منٛز بہٕ تاب سَپدَکھ
یِہ پۆژٕ کٔمی یِژھ مشاُلی لاَجِس
یِنا ژٕ پٔژٕ ژھٕہَس خراب سَپدَکھ
سو درایہِ صحراوٕ مُنٛزٕ ژٕنے ستِن
تَس آسہٕ پیٚے ژٕتہٕ سراب سَپدَکھ
تَلا پٔژٕ ژُھس کتھ مےٚ کھٔتی تہٕ ماٗنِن
اگر ژٕجی، لاجواب سَپدَکھ
گولاٰبی رنگ چھُے تٔمِس اٚچھَن منٛز
تگَی ژٕنے چھاوُن گولاب سَپدَکھ
ژٕ یُتھنہٕ آوَ دِہَس تہٕ ژٕلہٕ ہَس
ژٕ یُتھنہٕ تَس کیُتت عذاب سَپدَکھ

مئی - ۱۹۹۹ء





پَرَدو تٔلی رۄچھم تہٕ دۄپم یتھنہٕ کانہہ وُچھِس
اَندری اَندرٕ سُلاخ کرِم تٔمۍ مۄنے یتھ دِلَس

بےٚ گاشہٕ ہلم ہیتھ گیٚس پۄت دارِ کنۍ تمِس
"چھانِتھ" گرتہٕ ھم! دۄپُن تہٕ پرِیُن کۄر منے دامنَس

ہتہٕ رنگٔ یہٕ میانۍ پۄژ وُچھتھ واو اُمتِھ آو
ہتھ حیلہٕ کرِتھ تِنۍچھ کرِن اکہٕ ژھالہٕ عالمَس

موٗٹھ تھونہٕ بند دیاں چھ وُچھِن وٲلۍ زاگہٕ چھِس
گرٕ پَچھِ کھساں ژندر چھ تُمِس ازتہٕ منز اَتھس

بےٚ پےٚ وَتوٗ ٹیکتھ سُہ خبر واتہٕ کتھ اَندس
شبہٕ کِس مُسافرس یہٕ توٗرے نظرِ روزِ ہِس

سَتھ سیٚندرِ تے ژھنڈِ وتہٕ تُسُد نیب لبو ما
سُے چھُم منے شب چراغ تمی گاشہٕ پکان چھِس

تژٕ ہوے سپارٕ پرتہٕ پیٚیم آے کانچھنَس
سیٚندی پاٹھی بوٚمَس تہٕ کھژس کیازِ درہٕ ڈکَس

اپریل ۔ ۱۹۹۹ء





کُم چھِ کڈاں ژےٚ کل زِ نظر چھُکھنہٕ پوٚت دِوان
مَتہٕ کیاز چھُہم اَز تہٕ تمی کوچہٕ کنہٕ ژلان

یِنہٕ زانہہ بَرس ژھٕٹس دِنےٚ اَژہٕ ہَم تہٕ چھُنتھ پیچھ
یِنہٕ دارِ نیٚبرِ کانہہ ژےٚیے وُچھی آ تہٕ چھُکھ وُچھان

اُش ٹارِ بَرنہٕ آس مےٚ اوٚند پوٚکھ سوٚدُر سپُد
وُٹھ گوٚمہٕ ناوِ تَم تہٕ دوٚپُن چھکھ مَژر کران

یِنہٕ ٹارِ گوٚبَن اَز مےٚ نیٚندر آسہٕ زاگہٕ مےٚ
مےٚ چھِ خاب خبر کیازِ اُچھَن تیز ہوِ سَنان

ژےٚیے چھی قَلایہٕ تھُدی تہٕ پلان کاٗنسہٕ چھانظر
مےٚ چھِ آنگنَس منز اَز تہٕ گداگر صدا دِوان

رِتھی جامہٕ ژھٕنتھ ناٗلی تہٕ کمہٕ مالہٕ لاجہٕ تھَم
ژےٚیے چھے قلندری تہٕ یہٕ کیاہ توٗتہٕ چھُکھ منگان

اَز یُتھنہٕ پَنُن پان کھَٹکھ یُتھنہٕ مَنَدٕ چھہَم
سُہ چھُ پانہٕ زونہٕ راتھ وُچھتھ ساز ہیوٗ وَزان

جوٗن ۔ 1999ء

